کأشرِ لُکہِ فارمہِ منٛز "اَسن ترٲیہِ"

لُکہِ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

تحریر: غلام علی مجبوؔر

ترتیب: غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر: نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑُر بڈگوم کشیر

کأشرِ لکہِ فارمہِ منز ''اسَن ترٛ ایہِ''

لکہِ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری



تحریر:۔ غلام علی مجبور واتھورہ

ترتیب:۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلِشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وُڑ ربڈگوم کٔشیر

مالی معاونت:۔ جموں و کشمیر کلچرل اکادمی

☆ کِتابہٕ ہُنٛد ناو : پأتھر چھُ جأری

☆ مصنف : غلام علی مجبورؔ واتھورہ

☆ کمپیوٹرٕ تہٕ کِتابت: محمد حُسینؔ واتھورہ

9596076141,

☆ چھپنٕ وٕری : ۲۰۰۹

☆ پریس : میکاف دہلی

☆ سرورق : حُسینؔ کمپیوٹرس واتھورہ چاڈورہ

9419501129

☆ مول : ۲۵۰ روپیہٕ

☆ لابریری ایڈیشن: ۳۰۰ روپیہٕ



لذّتِ پر سوختن پروانہ می داند کہ چیست
پائے در صحرا زدن دیوانہ می داند کہ چیست
قدر زر، زر گر بداند قدرِ جوہر جوہری
قدر آں گوشے پری دُردانہ می داند کہ چیست

# میۆن آدن بوج ......غلام علی مجبورؔ

سنہٕ اوس ۱۹۴۸ ءتہٕ ۱۹۵۲ ءییلہِ زن دون میر اُنٛی تہٕ گھرانہٕ دار باݨڈ گھروٕمنٛزٕ اُسی زٕ باݨڈ لڑکہٕ باترتیب غلام محی الدین تہٕ غلام علی تھنہٕ پیٚو۔ میۆن مول ناوٕ، کنی غلام محمد بٹ تہٕ غلام علی سُند مول ثنا اللہ بٹ اُسی۔ اَمہِ وٕنٛگی کالہٕ باگجٕ دوشوٕے فنکار اُسی پننہٕ روایتی ترپیو، کنی پوٗنٛتہٕ باصلاحیت گیوٗن وٲلی تہٕ سازندر، یمن دوشوٕنی فنکارن اوس پانہٕ وٲنی فنی لحاظہٕ اکھ خاص میٛل۔ میۆن مول یوٗ دوٕے ریڈیو پیٚٹھ تہٕ گیوان اوس تاہَم اُسی یمن خیالن منٛز ہم آہنگی تہٕ فنی صلاحیت آسنہٕ، کنی باگجٕ وٕتھیوسہٕ نے پانہٕ ۱۹۵۴ ءبرٕ ونٛہہ کُن نظرِ گُموٕ چھےٚ۔

۱۹۵۹ء منز غلام محمد بٹ اچانک فوت سپدنہٕ کِنہٕ گوٚو سنہٕ اللہ بٹ پننِس ستی بادِجس نِش ژھبنہٕ۔ بہٕ تہٕ غلام علی اُسی یمن دوہَن پرٲنی۔ اَسہِ دوشوٕنی اُس پران پران تہِ پننِس میراَسس ستی سَخ لَے ۱۹۶۵ء ووت اَسہِ لوٚگ کاڑ کرُن۔ پرٲنین بُزرگ ووستاد بانڈن ہنز گِندن گرِی تہٕ فنکارٕی ژلیہٕ سائِنس دبماغس منز تہٕ اُسی لگو الگ پاُٹھی پانہٕ وٲنی پننِس میراَسس گوڈ برنہِ۔ پننی میراُثی جنوٗنَن اُنی اُسی دوشوَے زیادٕ نزدیک مختلف ناوَو کِنہٕ بناٗوی اَسہِ وارِیاہ تھیٹر گرٗوپ تہٕ رٕودی پننی سرگرمی کران روزان۔ یوٚ دوَے سانہِ طِفلہٕ گی کِنہٕ اَسہِ کاٗنہہ تھیٹر گرٗوپ رجسٹرڈ ہیوٚک نہٕ گوٚژھت ۱۹۷۲ء اوس وٕری یِیلہِ کٔشیرِ منز بیشتر ادبی ثقافتی تنظیمَن گٔن لوٚگ، غلام محی الدین بٹ یِوعاجز تہٕ غلام علی بَٹ یِاو مجبوٗر۔

۱۹۷۹ء یَس تام رٕودی اُسی کاترن ۂندی پاُٹھی فوک تھیٹر کِس ریڈِس لمان امیٚ وٕری یہِ جوٗن کِس رنبَس منز آو واتھورَس منز نیشنل بانڈ تھیٹر ناوُک فوک تھیٹر بارَسس یَتھ منز اَسہِ دوشوٕنی نفرَن کاٗم کرنہٕ خاٗطرٕ دعوت دِنہٕ آیہِ۔ اَسہِ آیہِ نہٕ پژھ زِ اُسی گیہِ اَتھ تھیٹرَس منز شاٗمِل سنہ ۱۹۸۰ء منز گوٚو یہِ مرحوم محمد عبداللہ بٹ (مأگن) صدر تہٕ مرحوم محمد رمضان راتھرٕ نہِ انتھک کوٗششو ستی رجسٹرڈ تہٕ یوٚ دوَے اَتھ تھیٹرَس اَمہِ وِزِ مرحوم عبداللہ صدر تہٕ

محمد رمضان راتھر سیکرٹری بناونہٕ آے تہٕ اُسی زٕ رٕوٗدی بغیر کُنہِ عہدٕ بحیثیت ممبر اداکار وَژھِواُنجہِ کاٗم کران۔ کیٛنہہ کال پَتہٕ ۱۹۸۲ء منٛز دیُت بُزرگ صدر محمد عبداللہ بٔژن اسطفیٰ تہٕ بہٕ آس تھیٹرُک صدر ژارنہٕ تہٕ اَتھ دوراں رٕوٗدی اُسی دوشوَے شانہٕ بشانہٕ تھیٹر زِنٛدٕ تھاوِنہٕ موکھہٕ تہِ بانٛڈ پاٗتھرس وُسہٕ جارِدِنہٕ موکھہ ہِشِدٕ مدٕ کاٗم کران۔ کیٛنہہ کال پَتے دیُت سیکرٹری محمد رمضان راتھر صاٗبن کیٛژھو مجبورِیو کِنٛی اَمہِ تھیٹرُ منٛز دست برداٗری تہٕ غلام علی مجبور بطورِ سیکرٹری مُقرر کرنہٕ۔ عہدہ پروانہٕ ہَتی پیٛیہٕ نہٕ اَسہِ کاٗم کرنَس منٛز کاٗنہہ فرق۔ البتہ بانٛڈ پاٗتھر تہٕ صوفیانہٕ رٕژھراوِنکی جنوٗنَن دیُت اَسہِ زیادٕ وُتش اَسہِ لاٗج نَو جوان بانٛڈٕ لڑکن صوفیانہٕ موسقی تہٕ پاٗتھرَن ہُنٛز تربیت دِنٛی۔ یِمو دوَے پاٗتھر اَسہِ نِشہِ دورٕ ہتی اُسی تاہَم اُسی پژاٗنی وُستادٕ زِنٛدٕ یِمن نِشہٕ لِتہِ چھِتہِ گوٗمُت سکرپٹ جمع کوٗرتہٕ اداکاٗرِی تہٕ سورنَے واَدَن ہُنٛز گُرزانکاٗری حاصِل۔ یِمو دوَے پژاٗنی پاٗتھر رٕژھراوان تہِ رٕوٗدی تاہَم تُل غلام علی مجبورَن پنٕنی اسہٕ ناوَن وول قلم تہٕ لاگِنٛی فوک فارمہٕ منٛزٕ لکہٕ پاٗتھر لبکھنی۔ یِمو منٛزٕ وارِیاہ لکہٕ پاٗتھر، ڈرامہ، ریڈیو، ٹی وِی سیرِیل، ریڈیو کشمیر سٹیڈیو تہٕ آرٹ تھیٹرُمَس منٛز پیش کرنہٕ آے یِمن سارِنٕی نوِ انمانہٕ تہٕ اَسن تژلیہٕ لبکھمتین لکہٕ پاٗتھر چالہ ڈراماہَن سٕنٛز ژھوا پور پزیراٗئی حاصِل۔ اَتھ دوران یِمو قداوار شخصیتو اَسہِ حوصلہٕ بڑوو تم پژن نہٕ اَسہِ

مُشر اوٗنی۔ گویا مختصر پاٹھی ہمو کیٛشوٗ ھن ہُنٛد ناو ضرور۔ نمبرا: محمد یوسف ٹینگ، موتی لال کیمو، موتی لال ساقی، معراج الدین، ایم کے رینہ، مشتاق علی، ڈاکٹر فاروق فیاض، رفیق مسعودی، رفیق راز، نثار نسیم، محمد امین بٹ، بشیر بڈگامی، سجاد حسین، بشیر عارف، ڈاکٹر عزیز حاجنی، محمد شفیع پنڈت تہٕ نگہت پنڈت بیتر۔

یمن بہلہ پایہٕ شخصیتن ہنٛدِ مَٹہِ مَٹہِ کرنہٕ ستی بڈیواَسہِ حوصلہٕ، غلام علی مجبورن تُجہِ ژٕنگرٲی ہیوٗت لکھنٕس منٛز ہُربرکرُن۔ اخبارن تہٕ ریڈیاٗئی پرٛوگراموٗ خاطرٕ تہِ۔ تتھ منٛز گوٚو غلام علی مجبور اکھ اکھ جورٕ روٗ ست ناو کھڑا۔

مجبورُن قلم چھُ سہ اکھ قلم ییٛچ نہٕ تس پانٛس تہِ پیتہ اُس لگان۔ یہٕ اوسُس تِمس ہرساتہٕ حرفس گواہ تہٕ میٛنڈِس شریک۔ تِہنٛدِس لکھمتس مُسوَدس متعلق اگر قلم تُلو تیٛلہِ چھےٚ اکھ کتاب تیار سپدان مےٚ ژھوٗن یی زِ غلام علی مجبورٕنس قلمس منٛز یُس طنز یا مزاح اوس آسان سُہ لوٗگ نہٕ کانٛسہِ اتھہِ اکہِ طرفہٕ شوز گاٗمی کاٗشر زبان دویمہِ طرفہٕ میراُٗنی بانڈ خانداک اکھ اثر یُس نہٕ لوٗب کانٛسہِ تہٕ شاید لبہِ کانٛہہ۔

اُہنٛدِس قلمس منٛز چھےٚ پران وِتھن پیٹھ اُسن ترٛٲلیہِ تہٕ دویمہِ طرفہٕ کژہنہٕ مازٕس پٔنٛدرٕ تُلمن ہُنٛدی ترِٕس لگان۔ مجبورن یہ تہِ لوٗکھ سوچھےٚ لگن

ہِنْدِ دِلچ دُبہٕ راے، وِچھ نزاکت عوامَس منز خوبی تہٕ خأمی حتا کہ سیأسی

لیڈرن ہٕنز ناقص کارکردگی کِجہٕ مجبورن طنز ومزاح زٕنگی تمہٕ آیہٕ بدیٔمَن عوامن تہٕ

مَٹہٕ مَٹہٕ کوٗر سیاست کارتہٕ گےٚ پنہٕ نوٚ عأبو نِشہٕ باخبر کیٚنہہ لکھنہٕ پتہٕ اوس توتہٕ

غلام علی مجبور پنِنس لکھمتس پٹھ بڈٕ یڈی کڑان۔ مگر یہ ییٚلہٕ تہٕ پران اوٚسس

سُہ موقعہٕ محل اٗستھ ہَتھ فی صدی درست آسان تہٕ اٗکس کتھِ اوس تژٕیٚو

اندازٕ مانے نیران ییٚہٕ سُہ تہٕ شوٗدتہٕ صاف اکھ کمزوٗری اٗس اٗمِس منز یہ زِ

انکار اوس نہٕ ہبکان گٔرتھ ییٚمہٕ کٔنی کیٚنہہ لۄکھ اٗمِس متعلق غلط فہمی ہٕندی شکار

گوٚھان اٗسی خاٗرتم اٗسی نہٕ اٗمِس نزدیک نہ آسنہٕ کٔنی زٕ اٗنتھ ہبکان۔

اکھ ناودار قلم کار، فنکار، اداکار تہٕ ایجوکیشن محکمک عزت دار مُلازِم

آسنہٕ کٔنی اوس جنونی حالتس منز جذباتن منز یَتھ باتھٕ پأتھرس گاہے ماگُن تہٕ

گاہے مسخرأ کٔتھ کأم کران چھِ یَتھ اندر تِمس کانہہ گال اٗس نہٕ گوٚھان بٔلکہٕ

اوس فخر زانان زِ سُہ چھُ اٗکس باتھٕ خاندانس سٟتی تعلق تھوان اکھ غأرت منٛد

قلمکار، ہمتہٕ وول فنکار، ہمدردتہٕ حوصلہٕ منٛد یار، بےٚخلاص منٛد آدم گرمیز بان۔

مزاز کٔنی تژوٗش مگر دِلہٕ کٔنی صاف تہٕ شرمدار انسان دوست آدمس متعلق کوتاہ

وَنہ بہ ۱۹۶۵ء پیٹھہٕ ۲۰۰۹ء تام یُس دوٚے روت پہرس نِشہٕ ژھبنہٕ آسہٕ ہو

باسان اوس اٗسی چھِنہٕ ؤرِی وادو پیٹھٕ پانہٕ وأنی سمکھمتی تاہم جسمأنی طور کُنہٕ وِزِ

دۆر آسہٕ ہوتہٕ روحأنی اُس اکھ اَکس ستی آسان یہ سِلسِلہٕ رؤد ۴۵ ہَن
ؤری ین مُتواتر مُناسب طریقس منز جأری، مگر کیاہ ہبکہٕ یہٕ ؤنتھ زبو چھم
لرزان ووتھ چھم نہٕ یوان، قلم چھمنہٕ لیکھُن مانان زِ ۱۵ مئی ۲۰۰۹ء بروزِ جمعہ ۱۲
بجت ۱۵ مِنٹ ژؤل یہ میون آدن بوج تہٕ بیوٹھ مے رؤشتھ۔ خبر پیٚیہٕ کر سمکھو
یہ زلنہِ سوے جاے ییتھ تیوٚ نگل پیٚیہٕ۔ شاعر چھا دِ مَتیو مُت ییٚمی یہ وؤن زِ

یار ییٚلہِ یارِز ژٹہٕ محبت نہٕ روزان سور
یارِ دادِ وأنج پھٹہٕ اکہِ لٹہِ ییٚہم نا

مختصر پأٹھی پأتھر چھُ جأری لیکھیٚتھ ترٛوہَن حصن منز چھے سماج کین مختلف
طبقن ہنز ترجمأنی۔ تأریخی حوالہٕ ہی مال نأ گر راے تہٕ شیرین فرہادس علاوٕ
پأری مِس ہیر تہٕ رانجاہس متعلق اَسن ترٛایہ قلمچ سو روأنی یوسہٕ سیٚد سیٚود
روایتی بانڈ پأتھرن منز دریٚنٹھ چھےٚ گوھان ییٚمہِ کِنی یم پأتھر کُنہِ تہٕ شک یا
شبہ وراُے کأتسہِ تہِ گِندن گرِس اَمہِ ییٚمہِ وراُے ٹارِ کھسن۔

غلام محی الدین عاجز واتھورہ

# رائے

یہ گوس تمہِ ساتہٕ سبٹھاہ خوش یێلہِ مےٚ غلام محی الدین عاجزؔ صابن غلام علی مجبورؔ صابُن ''پأتھر چھُ جأری'' کتأبی مجموعہ بڑ وٚنھہ کنہِ تھووےٚ گیہِ سبٹھاہ شادمأنی تہٕ سبٹھاہ مسرت زِسون بانڈٕ پأٹھر لبہِ اَمہِ چھانٔپہٕ ستی سبٹھاہ کامیأبی تہٕ سأئنس لگہٕ پأتھرس لگہِ آٗنتہٕ روٗس وٚسجار۔ یَتہٕ یێلہِ مےٚ سأری سِکر پٹہٕ پٔری تہٕ بہٕ سپدُس تیوٗتاہ مُتأثر زِسورٕ ےفوک سِٹیلُک نمونہٕ چھِ اَتھ منٛز بَرِتھ لکھنہٕ آمٕتی۔

اَمہِ بڑ وٚنھہ تہٕ اَسی مےٚ یم سِکرِ پٹہٕ زَن مےٚ بڑ وٚنھہ کنہٕ بیٛنہٕ تم رِکردار یمن اَمہِ کِمن قسطن منٛز بےلوٗث رول گٔرِتھ اداکأری اَس گٔرہو۔

''یُس پأتھر چھُ جأری'' کینٛہہ کال بڑ وٚنھہ مےٚ دوٗ ددرشن پیٹھہٕ تہٕ وٚچھمُت اوس۔ اَتھ منٛز سأری پأٹھر چھِ پأتھرِی طور پٔرفیکٹ تہٕ ویٚنی۔ لٔکن ہنٛز ترجمأنی قلم کارَن چھےٚ اَتھ منٛز آیہٕ سان قلم پکناونُک زوردار ہلہٕ۔ گویا یم چیز سأئنس بانڈٕ پأتھرس منٛز پأتھری طور نظرِ گوھان چھِ تم سأری گُن چھِ اَتھ منٛز بَرِتھ۔ مےٚ چھےٚ وومید زِیہٕ کتاب مأدأنس منٛز یا بازرَس نیرِتھ اَژِ سأئنس بانڈٕ پأتھرس وارِ زوٗ۔ یُس نہٕ ژھوگن گوھ۔ آمین!

غلام رسول بھگت یار:۔ (ہلر آرٕ ہامہ انت ناگ کشمیر)

کأشرِ لُکہٕ فارمہِ منٛز "اَسن ترٛ لیہِ"

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط......۱

تحریر: غلام علی مجبورؔ

ترتیب:۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژوڑُر

## صوفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدِس مقامِ نٹ کلیان الاپس منٛز



شِو چھے تھَلہِ تھَلہِ روزان    موزان ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان

تُرٛک ہَے چھُکھ پٔنُن پان پڑزان    سوٚے چھے تور صاحبَس ستۍ زانٔنی زان

آمہِ پنہٕ سوٚدرَس ناوِ چھُبس لمان    کتہِ بوزِ دَے میٚون میتہِ دِیہِ تار

آمین ٹاکین پوٚنی زن شمان    زُو چھم برٛیمان گرِ گوٚژھ ہا

تیمی ہیوٚت تھٕنٛدِ برتل زاگُن    تَس پٔنٕنۍ شربت پانہٕ چاوے

چھِس بیوٚن بیوٚن پٲٹھر تہٕ گُنے ماگُن    لیس سُہ ٹوٹھِ سُے اِدِ پڑاوے

کیٚاہ کرِ یمن پانٛژن دَہن تہٕ کہَن    یم یَتھ لیٚجہِ وو کشُن گٔرِتھ گٔے

سأرِی سمہن اکہِ وَتہِ پکہن    تیٚلہِ ما راوِ ہے کہَن گاو

# کردار

| | | |
|---|---|---|
| ا۔ | ماگُن: | فوک تھیٹرُک رِوایتی زِیٹھ |
| ۲۔ | دربآری: | اکھ گنڈن گوٚر |
| ۳۔ | مسخر: | |
| ۴۔ | مجنون: | رِوایتی عاشق، فاُشنی نوجوان |
| ۵۔ | مُسہ میر: | اکھ وُکیل |
| ۶۔ | وُکیل۲: | بیٚاکھ وُکیل |
| ۷۔ | کونسر شاہ: | لاُلہ ہُنٛد مول |
| ۸۔ | ساُدامیر: | مجنون سُنٛد مول |
| ۹۔ | مُنٛش: | اکھ اڑٕ وَرٕ پنٛڈِت |
| ۱۰۔ | چوبدار: | اکھ سِپاہ |
| ۱۱۔ | دودٕ مجنون: | اکھ غنٛڈٕ نفر |
| ۱۲۔ | لاُل: | اکھ فاُشنی لُڑکی |

## (Traditional Bhand Jeshen)

# SCENE NO:.....1

''فوک فارمہٕ مُطابق چھُ بھانڈٕ ژوک لٔگتھ بھانڈٕ پأتھرُک زیٹھُ یانے ماگُن منزٕ باگ تہٕ اکہِ طرفہٕ چھُ دربأری تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ مسخر۔''

دربأری:۔ اے سانہِ پأتھرِ کہِ ماگنہٕ۔ یێمہِ پٔرِ وارِ ہٕنٛد بن ربشن تہ سادن ہُنٛد سایہِ پۆشن اَسہِ لٔنڈِ وَنڈٕ، چانہِ کتھِ چھِ مُدرِ قند، أسی چانٛنِ وِسخان ژٕسون بنٛد۔

اے اِنصافکہِ ماگنہٕ! اَسہِ پیٹھ کیٛا حُکم چھُ؟

ماگُن:۔ مُلکِ خودائے سُنٛد تہٕ حُکم گوٚحانٛ کمہٕ سُنٛد۔ بہ کیٛا حُکم کرٕ۔ بہ چھُس محظ اکھ پأتھر باز، رِگنڈُن گۆرپتہٕ وَتہٕ لۆکن ہُنٛد دِل رٔنزٕناوان۔

بٹہٕ مسخر:۔ سَرو شُری......شُری......شُری ماگنہٕ ژٕ کیٛاہ یہ فورماوان۔

ژٕ گوٚیا مُشتھ اُسی چھِنا تَم پأتھر گرِ یمو پتھ کاڑلکو

سأری بیکار، نابکار، ناہنجار تہٕ ظأِلم پأتھر لاگو ژلنس

واتناوٕ تہٕ وَدنس کھالی۔

دربأری :۔ اَسہِ ہسہ تَم وَدنَس کھالی وَدنَس کھالی بالی یے۔ کتھِ کتھِ گرِ تمن تتہٕ والی بالی یے۔

ماگُن :۔ مگر.........؟

دربأری مسخر:۔ مگر کیاہ؟

ماگُن :۔ زمانن پھیُر ورُق۔ ازیَس یَس اُسی پأتھر لاگان چھِ سُے سُے چھُ ژریوٚپ کران تہٕ کھِکھرِ ماران۔ اَما اُسی اُسی پیٚتی رٕوٕ دی تتی لوٗتی لو۔

مسخر:۔ تو تہٕ کیاہ گوٚو۔ اُسی ماترٕ اوٕ وپُنن کار۔ اُسی ہسا لاگو دربار تہٕ آگاہ کرون سمسار، ظأِلم کرون خجِل خار۔

لاگو دربار میانہٕ ماگنہٕ لولو

وُچھتہٕ فائکن گُمو چھےٚ بنہٕ لولو

دربأری :۔ میانہٕ ماگنہٕ ! کرکھنا شو دِمنہٕ اَز پزٕ ائبن فائکن نظراہ تہٕ تمِ مسلہٕ اُٹھٕ راوکھ یم نہٕ اَز تام کأنسے اَندٕ یےٚ۔

مسخرۃ ماگُنِ: کیاہ......؟ کأنُسے اند ییٚ نہٕ۔

دربأری :۔ آ......یم کأنُسے اند ییٚ نہٕ۔ مَردی چھےٚ تمے مسلہٕ أتھٕ راونی یموٚ ستی سأنی شوہرت ژُکونجہِ عالمس گوڈھ رَژھ رَژھ۔

مسخر:۔ گوڈھ ضرور گوڈھ، یَوڈ تہٕ پَژھ۔ مگر میانہِ چونچہِ برادار لوٚگ سیا بلایہِ۔ تم کم کم مسلہٕ چھِ تم کم کم نیاے چھِ یم کأنُسہِ اند ییٚ نہٕ۔

ماگُن :۔ یم کِتھی نیاے چھِ، کِتکی نیاے چھِ اور کُہندی نیاے چھِ؟

مسخر:۔ یم نیاے چھِ دِلن ہُندی۔

ماگُن تہٕ دربأری: دِلن ہُندی؟ کیا دِلن منز چھا نیاے آسان؟

مسخر:۔ ماگُنہٕ یہِ چھُ أکھ زمانہٕ۔ اَز چھِ دِلو منزٕ نیاے وُزان۔ اگر دِل صاف گوٚژھن۔ کُنہٕ کانْہہ فِتنہٕ روزِ نہٕ۔ توے چھِ أسی وَنان: صاف تھأوِ وسیٖنی پاپ پٔنی چھیٖنےٚ

دربأری :۔ أتھ منز کیا شک چھُ؟

ماگُن :۔ کتھِ کُرِ وضاحت۔ اَسہِ چھنہٕ مسلےٚ فِکرِ تژان۔

مسخر:۔ یہِ چھا کانْہہ نوٚ کتھا۔ مسلہٕ ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ وُتھی توہہِ ژِھمن ژٕری نہٕ فِکرے۔ تہٕ خأریہِ چھُ دُنی یہنٛک دوٚستوٗر۔

ماگُن :۔ سانہِ کتھِ میؤل نہٕ جواب۔

مسخر :۔ ماگنہٕ......ساأری نیاے اند یے۔ بتہٕ نیاے، وَتہٕ نیاے، کتھٕ نیاے، اتھٕ نیاے، چنڈٕ نیاے، وَنڈٕ نیاے۔ مگر لولہٕ نیاے اند یو نہٕ زانہہ۔ لولہٕ نیاے اند یو نہٕ زانہہ۔ ''وَدان'' لولہٕ تہِیاے اند یو نہٕ زانہہ

دربأرۍ تہٕ ماگُن : لولہٕ نیاے......او......لولہٕ نیاے۔ یہٕ لولہٕ نیاے کس چھُ؟

مسخر :۔ ڈٕ پوھض کس چھُنہٕ۔ مألس تہٕ گوٗبرٕس، ماًمس تہٕ پیٹرٕس۔ لولَن ازٕ ڈُنیاوٕ ڈھمُت۔ I Love you,I Love you

ماگُن :۔ خاموش زَبان دراز.........زوٗ انئے ہر گوگلہٕ پیٹھ مُلہٕ کڈٕ ئتھ۔

دربأرۍ :۔ یوہَے چھا مخولہٕ کرنک وَخ۔ سرٕ وشری ماگُن چھُ سنجیدٕ گی سان سونچان۔

مسخر :۔ لولہٕ نیاے چھُ لألہِ تہٕ مجنوٗنس، شیرینہِ تہٕ فرہادس، ہیمالہ تہٕ ناگٕ راأیس ، یوٗ سبرٕس تہٕ یہمبرزَلہِ۔ اے اِنصافکہِ ماگنہٕ سارِنئے ہے خبر چھےٚ۔ کتھ چھُہم بٔہ جیرٕ انان۔ ''دربأرۍ تہٕ ماگُن چھِ وَدان''

ماگُن تہٕ دربٲرؠ: ہے افسوٗس، ہے افسوٗس۔

ماگُن:۔ مسخر! یہِ چھاپٕزی پٲٹھؠ نیاے۔ سانہِ باپت شرم زِ اُسی ہکہِ نہٕ یتھؠ وٗری گوٗہت تہِ لالہِ ہُند پنچاٹھ گرِتھ ازلوٗگ اَسہِ طیش اُسی گٔے ریش، اُسی چھمو نہٕ توت تام ترٕیش یو تام نہٕ اَتھ نیالیس فیش انو۔ نیرِ ویٚیے دمہٕ تہٕ دِیو سارٕے پرٛگنس پارٕے زِ اُسی اُتزراوٕ ولالہِ تہٕ مجونس، ہیمالہِ تہٕ ناگی رالیس، شیرینہِ تہٕ فرہادس ہتی ہتی سارِنے عاشقن تہٕ عشقہٕ بایَن ہُندی نیاے۔

دربٲرؠ تہٕ مسخر: آہ لگے بلایہِ ماگُن ہے چھکھ۔

وایُن نوٗن

CUT

# سین نمبر......۲

## SCENE:.....2

"مسخرۃ دربأری زنتہِ یکی یکی تھکیٔ ٚتی۔ یمن چھُ پاریہِ ڈھول ٚتی۔ زنتہِ چھِ یموڑو پور پارے دِژہٕ"

مسخر:۔ اوہ، اوہ، اَیے.......... آ کیٛاہ گوم۔ ہے دربأری صأبہ مےٚ ہَسا گووونی زنگن پا کھ۔ ہٹ رگہٕ تام ہَسا لجمم ییٛمہِ پتھرِ ۂند بن شہرن تہٕ گامن پارے دِی دِی۔

دربأری: بہ.......... بہ نَسا چھُس نہٕ پانہٕ تہِ وودنہِ دَران۔ مگر کرو کیٛاہ پارے چھےٚ دِنی۔ دِپارے۔ پَتہٕ کرو ہُتھ گُلس تل آراماہ۔

مسخر:۔ ییٛتہِ ٹس سادِیہ پارے۔

دربأری:۔ کھہن منز کأم کرن والین ٹمی لین، کاشتکارن، موٗزورن سیٛو دساد لوٗکن۔ دِدِ لگے پارے۔

مسخرٖ:۔ ''ڈھولس سدادِتھ'' ٹُزِو ٹُزِو ٹُزِو مُلک خوداے سُند

حُکم حأکمہٕ سُند۔ ٹُزِو ٹُزِو ٹُزِو۔ ''کیشہہ نفرسمان''

حضرات سأری خاص وعام، شہروگام چھِ آگاہ کرنہٕ یوان

زِ سانہِ پأتھرُک ماگُن أنزراوِ ییمہِ ربتہٕ کہِ کُنہِ تأریخہٕ

کھلہِ وارِ منز جشنہٕ بونہِ تل سأری لولہٕ نیاے لۆکن چھُ

اِستدعا زِ تِم وُچھن تہٕ ژھارَن ، پرژھَن تہٕ گارَن

سارِنٕے بألہٕ یارَن تہٕ لارَن پیشِ پادشاہ۔ شری

شری......شری ماگُن۔ ''ڈھول وایان تہٕ پکان''۔

**CUT**

# سین نمبر۔۳:

## SCENE NO:..... 3

"لولہٕ نیایِس فأصلہٕ کرن وأرِس پادشاہ" "ماگنہٕ" سُند دربارچھُ لگِتھ۔ ماگُن چھُ تھزِ کُرسی کُن پکان۔ باقی سأری اہلِ کار چھِ تھوٚدٕ وِتھ تَس استقبال کران۔ ماگُن چھُ بِہان تہٕ دربأری چھُ تَس بڑٕ وٚنہہ کُن یِوان"

درباأری :۔ اِقبال بُلنٔد...... عالم پناہ، عالی جاہ...... ہز ہائی نیس "His Highness" کاروائی کروشروع؟

ماگُن :۔ کاروأئی سَپدن شروع۔

مُنش :۔ رازس اُسن جے جے کار۔ آے تہٕ بہتہٕ۔ رازن ! گوڈٕ کس بُلاوٕ وتأریخ۔

دربأری :۔ عالم پناہ! اَتھ گیہ چیرِ تژ اونہٕ۔ یتھ نہٕ کانٔسہِ ملالہٕ گژھِ۔

مُنش :۔ رازٔن چیر کیاز ژِتژ اوٕو۔ اَسہِ نِش ہے سینیارٹی لسٹ چھُ۔

دربأری :۔ عالم پناہ مےٚ چھُ باسان اَتھ لِسٹس چھُ باقی لِسٹس ہنٛدی پأٹھی قلم ژامُت ۔ تَوے چھُس بہ چیرِ تژ او نکس حقس منٛز ۔

راجہِ :۔ تژ او تیٖلہِ چیرِ ۔

مُنش :۔ رازَن ! یہِ چھُ سانہِ پَرم پڑلیہِ خلاف ۔ اُخر یہِ مجنوٗن ہے سینیٖر موسٹ عاشقا چھُ ۔ تس کُس بُتھ دِموأسی ۔ بہ چھُس وٕنتی کران زِ یہِ نیاے گژھ نہٕ سپدُن ۔ مجنوٗن مُہدے سُندے نیاے گژھ گوڈٕ لَندُن ۔

ماگُن :۔ مُنشی پریم کول ! گرِ و تیٖلہِ باضأبطہٕ کاروأئی شروع ۔

مُنش :۔ آے تہٕ بَتہٕ ...... چوبدار ؟ دِسا آلو ۔ قیصر اللہ میر ولد سأدا میر ساکنہ نُجدٕ وَن ۔

چوبدار :۔ سرکار قیصر اللہ میر ولد سأدا میر نُجدٕ وَن " دوِیہِ تژ یہِ لٹہِ " أتھی منٛز چھُ مجنوٗن حأضر سپدان ۔ مجنونس چھُ مول سأدا میر تہٕ وُکیل مُسہٕ میر تہٕ ستی ۔

مُسہٕ میر :۔ مَجا ! بیان تھوتھا یاد ۔ ہا لکل وُنی زِتی یہِ مےٚ وُنتھ تھووےٚ ۔ پَتہٕ ہاوے ۔ اکے پیٖشیہِ وٕنتا وکھ دڈیٔ ٹنگ ۔

مجنون :۔ نجات، عفو ۔ ہیتے چھُ عام تہٕ خام مگر سُہ میر الال کتہِ چھُ ؟

سأ دامیر :۔ ہاموٗنڈ کتھ ہن ہن گجی مگر پنٔنۍ ہٕن ژٕ جی نہٕ۔

دربأرۍ :۔ ''اسان'' ہا ہا ہا ہا ہا ہا ............

ماگُن :۔ ''ججہٕ سٕنٛدی پأٹھۍ'' آڈر آڈر مِسٹر قیصرالمعروف مجنون! ژٕ ے یہٕ کیٛنٛژھاوُنِن پھٕے تہٕ وَن مُجرِ من ہٕنٛدس کاٹھ کرس منٛز۔

مجنون :۔ نجات ......عفو ہےَ مےٚ نہٕ حض چھُنہٕ لأ لہِ ورأے کانٛسہِ کینٛہہ وُنن۔ '' چوبدار چھُ مجنونس کاٹھ کرس نِش واتناوان''

ماگُن :۔ وکیلِ صفأئی گرِن دعویٰ پیش۔

مُسہٕ میر :۔ "Thank you melord" مِسٹر قیصراللہ سن آف مِسٹر سأ دامیر ریزِڈنٹ آف نُجدِ وَن، تحصیلِ پتھ وَن ضلع ووٗنٛہٕ نگر چھُ دعویٰ پیش کران زِ تس ہنٛز سپدَن واجبن خانہٕ دار بن شریمتی لأل مبر جان ڈاٹر آف شری کوثر شاہ چھےٚ مأ لِی سٕنٛدِس وٚنٛس پیٛٹھ تس دغا دِوان۔

مجنون :۔ نجات......عفو ہے کرسہٕ ژھوپہٕ۔لأ لہِ نسا چھُنہٕ رَژھ تہِ تقصیر۔ سوٗرے خطاہسہ چھُ ............

مُنش :۔ ژ کرسہ مولہ ژھوپہٕ۔ ژٕھی ہے کتھ چھِ کران، گرِن مولہٕ ژھوپہٕ۔

ژھوپے چھے روپہٕ ہشٕز۔

ماگُن :۔ آڈر......آڈر......لالہِ ہُنٛد وکیل کتہِ چھُ؟

وکیل۲:۔ " لانٛژھہٕ آیہِ "Melord" مےٚ چھبس بیتی۔

دربأری :۔ وکیلِ لال مبر جان! جرح گرِ وشروع۔

مُسہٕ میر:۔ عألی جاہ! مےٚ چھُ وُنہٕ دعوٰہک ستہِ اسمو غلٕ بیان کرنے۔

ماگُن :۔ گرِ و بیان أسی چھِ بوزان۔

مُسہٕ میر:۔ "Melord" وأنٛی جہِ ہنٛد بو کنوٕ زِو، وأنٛی جہِ ہنٛد بو کنو بۄ زِوہِ نوجوان یَس دُنیاہ مجنوٗن یا نے پاگل وَنان چھُ۔ چھُنہٕ اصلی پاگل بلکہِ کوٗریہِ لالہِ ہٕشٕز وماجہِ کوربوفورماٗیشہِ گرٕگری پاگل۔ نم پوڈر ، کریم ، جوڑٕ ،اے شیپ ...... کیٛاہ کیٛاہ وَنہٕ۔ یہِ نوجوان چھُ صحت مند سماجک نِشانہٕ تکیٛا زِشہزادٕ اُستھ تہِ موٗنگ نہٕ أمی کُنہٕ قسمٕک کانٛہہ داج۔ یہِ بچور وولگ ژھٕری ہے پتٕھ ناوِتہِ پھوٗتِس کھاٗلتھ کوٗر ہَس پوٗتُس جواب۔ Melord یہِ سوٗرے

سپُد أکِس سأزشہِ (سکیمہِ) تحت ۔ تہٕ اُتھ پتہٕ کنہٕ چھُ
دوٗدُن اتھ ۔

دربأرِ تہٕ ماگُن : دوٗدُن اتھ ......سأزشہِ پتہٕ؟

مُسہٕ میر:۔ آ Your honour دوٗدُن اتھ ۔

مُنش :۔ وضاحتہٕ سان وُنو ۔

مجنون:۔ نجات......عفو۔ ہے توہہِ کیاسہ روٗوٕ ۔ دوٗدٕ ہسہ دود
رقیب روسیاہ ، دوٗدٕ مجنون ہسہ ۔ تُمی ہسا پھسوو لألہِ ہُنٛد
مول تہٕ شوٗٹھس کرنأ ینک تولچ ۔

مُسہٕ میر:۔ کرسہ مَجہِ ٹاٹھیاژ ژھوپہ ۔ مُسہٕ میر چھُ وُنہٕ زِنٛدے ۔

مُنش :۔ مولہ! توہہِ کتھ لوگو پانہٕ وأنی أنٛزراوٕن ۔

مُسہٕ میر:۔ یُورآنَر ...... یہ چھُ سیٖدٕ سیٖو ددھونکھ دھرٛی ہُنٛد مُقدمہ ۔
لألہ ہنٛد بو مالنو کوٗر مجنونس ۴۲۰ وِشواس گھات گرِتھ تہٕ
لأچک أہنٛز ناوشاٹھس ۔ دوٗدن تزا ہُ نو أمس بتہٕ لیٚجہ زہر
Melord اگرنہٕ یمن أزسزادِنہٕ آو ۔ قانوٗنس پیٚٹھ روزِ
نہٕ کأنٛسے بھروسہٕ ۔ بہ چھس درخواست کران زِ یمن گوٚڈ
أزرزتہٕ گزکرنہٕ یِن ۔ یُتھ پتھرِ ہنٛد بن سارِنے بُسکیٚن

نہیب روزِ۔ That is all Melord

ماگُن :۔ جواب دعویٰ گرِو پیش۔

دربأری :۔ چوبدار؟

چوبدار:۔ حُکم گرِو غلام چھُ حاضِر۔ ''دربأری چھُ اُمِس کاکد دِوان''

سرکار لأل مہر جان کونسر شاہ۔

سرکار لأل مہر جان کونسر شاہ۔

''کونسر شاہ تہٕ تو ہند وکیل ییہ پرقہٕ پوش لأل مہر جان

پھِسراے کران۔

ماگُن :۔ آڈر آڈر جوابِ دعویٰ گرِو پیش۔

وکیل۲:۔ یُور آنٔر۔ یہ چھُس لأل مہر جان بنتِ کونسر شاہ سُند وکیل......

دربأری :۔ مُقدِمَس مُتعلق گرو کتھ۔

وکیل۲:۔ یُور آنٔر۔ یہ غریب صوٗرت نوجوان لیس دُنیاہ مجنون

ونان چھُ، چھُ زِ کہِ نُجِد ونک پھاڑ زوٗر۔ اُمی تھووُنہٕ نُجِد

وِنس اکھ گُل ٹنہِ۔ اُمِس چھےٚ نُجِد وِنکس راکھس ستی

اُٹ۔ سرکار یہِ چھُ اکھ نمبر تژو پتیٚ، اَنپرڑھ تہٕ دربہٕ ڈری۔

مُسہٕ میر:۔ اَے اوبجکٹ سرکار۔ سرکار! میون فاضل دوست چھُ

میأنس مو کل مجنون ءِ سندِس عزتس پیٹھ حملہٕ کران۔

وکیل ۲:۔ سرکار ! عزتس چھُ تَس حملہٕ سپدان یَس عزت آسہِ۔ مجنونس کُس عزت چھُ؟

مُسہٕ میر:۔ ہے وٹھ ساچوٹٹ۔ ژ شوٹ کیا بے عزت چھکھ؟

وکیل ۲:۔ مُسا! ژ چھُکھا مے دلیہٕ ونان۔ مے ہا مے؟

مُسہٕ میر:۔ ہَیا ژ چھُکھ کُسو۔ مُسن ہا کمن کمن کیس ڈُنی ءِ مو۔ ژ نے ہی چونچہٕ چھا مُسس ہٹہِ وسان۔

وکیل ۲:۔ بہ چھُسے دپان چوٹٹ وٹھ۔

مُسہٕ میر:۔ ہَیا ژ چھُکھ کُسو ''نالس تھپ ژ ھنتھ ونان'' ژ رکھو کرکھ۔ ''دوشوے وکیل اکھأ رکس تھپ ژ ھنان''

آڈر آڈر آڈر۔

مُنش:۔ ''تھوٗ دؤتھِت یمن تھپ ییلہٕ تر اوان''۔ توہہِ کو سہ سالٹھ آیو۔ کو کر جنگ مسالأ گو۔

مجنون:۔ نجات ...... عفو ہے چھِو سا وُچھان۔ تیمس کیا سہ دودن پھر کو رمُت۔

ماگُن:۔ وکیلِ لال مبر جان ! صبرس ہیٚو کامتہٕ بیان تھاوِ وجاری

وکیل۲:۔ شُکر یہ سرکار۔ کیٛا اوُسس بہٕ وَنان۔ آ ...... سرکار !

یہ مجنون چھُ بدچلن ژٕلٕٹہٕ ہالہٕ پیٹھے اُسی اُمِس بدکیرٕن

یہ اوس لٲلہِ ہٕنٛدِس وراثس زاگان، یہِ اوسا پَران۔

بوزناوی توس ازتہِ شمن ہُنٛد پہاڑٕ۔

سأری:۔ شمن ہُنٛد پہاڑٕ؟

مجنون:۔ سرکار ! اکھ لٲل ترٛاوِتھ کیٛا اوس مےٚ شمن کرُن؟ بہٕ کیٛا

دژال چھسا؟

وکیل۲:۔ سرکار چھُو وُچھان مننگہٕ کیٛا چھےٚ تیٚمس دزان۔ سرکار یہِ گو

نہٕ ترٛبن وُری ین ترٛیمہِ پاس۔ اُمی کوٗرٕ اُکس عزت دار

کورِ ہُنٛد ناو بدنام۔ یہِ اوس ژٕکہِ لٲلہِ ہٕنٛدِس وراثس

زاگان۔ اُمِس اُس ژٕکہِ کوٗنسر شاہ ہٕنٛدِس زمینس

زراعتس پٮ۪ٹھ نظر۔ مےٚ چھُ ٹھوس ثبوت۔ یہ اوس پٹوٲرِس

اُنٛدی مول ہیتھ گوٗمُت۔ اُمی اوس اُنٛدرِی وٲری ژٕرٕ

اِنتقال چارُن ہیوٚ تمُت۔ سرکار ...... سرکار ......سر۔

درباری:۔ بیان تھاوِو جأری۔

وکیل۲:۔ ہے یہِ چھُکھ ناسہٕ وُچھان سرکار ہے شوٚنٛجی۔

مُنش :۔ مولا ! سرکارنسہٕ چھےٚ نہٕ شوٗنگان ۔ یِلہِ سرکارٕ ے شوٗنگہِ ۔ رٔعیتَس کیا سابَنہِ تیٚلہِ ۔ مولا اٗسۍ ہے سرکار چہِ نٔر زنگہٕ تہٕ کن چھِ ۔ تھاوسہٕ ژٕ بیانہٕ جاری ۔ ہلہٕ پاری ۔

وکیل ۲ :۔ بہٕ چھُس انصافکِس یَتھ پنچاَیتَس گٕنڈ اٗرِش کران زِمےٚ دِن مجنوٗنَس کیٚنہہ سوال کرنہٕ تہٕ سوال کرنک اِجازت ۔

دربٲری :۔ پرژھُس سہٕ اَسہِ چھُنہٕ کانٛہہ ہرجہِ ۔

وکیل ۲ :۔ ''مجنونس نکھہِ گوہان'' تلہٕ سہٕ ژٕ ہاوکاڑ ۔

مجنون :۔ نجات ...... عفو ہے ژےٚ کیا ساہ ژےٚ چھیہٕ خارٕ ے ۔ رٕٹھ سہٕ دٕ چھ سہٕ ۔ یتھ ہَسہٕ چھے نمبردارٕنجہِ ونہٕ سُند دستخط ۔

وکیل ۲ :۔ ژےٚ کیا سہٕ کالِفکیشن ؟ Quallification

مجنون :۔ نجات ...... عفو ہے مےٚ کتھ سہٕ نوکری چھُ لُکن ییٚتہٕ ۔ ژےٚ کتھ سہٕ روٗٹ تھٕس بہٕ ژھوٹہِ گنڈٕ ۔

مُسہٕ میر :۔ اَے اوبجکٹ عاٗلی جاہ ۔ میٚون فاضل دوست چھُ میٲنِس موٗکلس اٗرۍ کیٚتھی تاٗری گٕژٕ انان ۔

وکیل ۲ :۔ یُوٗر آنٔر ۔ یہٕ چھا موٗکل یہٕ چھُ ہِشنایہٕ موگل ۔ یہٕ ...... یُس موٗت لٕاگِتھ سالہٕ بٕتس زاگان چھُ ۔ یہٕ ...... ییٚمۍ

اُنجیدِ وَنس کلوٗ ژٲڈ بنجر ہیوٗ۔یہِ ...... یُس نہٕ پنٕدہَن

ڈٔری یَن "No no not an all" ُمی لاڈٕ مےٚ

دِیوٗ گواہ پیش کرنک اِجازت۔

مجنون:۔ نجات ...... عفو ہے ژٕنے کیاسہٕ کوٗ رُے مےٚ۔ بہٕ ہَسہ

چھُس لٲلہِ ہٕنٛدِ دادِ ہر یومُت ،موژیومُت ،پتھر پیوٚمُت۔

مےٚ ہَسہ چھُہ اَز تہِ یاد "Focus Defocus" اَز

تہٕ چھُم یاد۔''گلوگیر آواز اَز تہٕ چھُم لٲل مبر جانہٕ ہُنٛد سٕہ

وعدٕ یاد یُس تمہِ اوترٕ اوترے مےٚ باغس منٛز دیُت۔

پوٚشن اُس برجستہٕ پھٔلے۔شوگہٕ تہٕ کستوٗری اُسی وچان۔

بُلبُل وٕڈری وٕڈری وتھان۔

"Focus Defocus"

Out Door....4

# سین نمبر......۵

## SCENE NO:......5

''مجنون ہنڈِ بتھِ پیٹھ Defocus گرِتھ چھُ کیمرا پوشن پیٹھ Focus گوھان۔ پوشہِ باغس منز چھُ مجنون لالہِ ہتی پکان تہٕ کینٛہہ قدم پکِتھ چھِ تم اَکس جایہِ بہان۔''

مجنون:۔ ''چنٛدٕ منزٕ ندٕرٕ مونٛجہِ کاڈ کڈان''۔ رَٹی لالی کھیے ...... یمہٕ ہے چھے سُلہٕ مونٛجہِ گرِنہٕ۔یمہٕ ہے چھے تازٕ ......(پانہٕ سِگریٹ یا بیڑی چوان۔

لال:۔ (مجنونس بے عار پاٹھی وُچھان)

مجنون:۔ نجات ...... عفو ......یہٕ لال ہےَ اُس مےٚ یتھ پاٹھی وُچھان۔کھیے ندٕرٕ مونٛجہِ۔

لُول:۔ مَجا ! میٲنہِ مَجا۔ ژےٚ نہ چھے نہٕ کینٛہہ بقایا روٗ دمُت۔ ژٕ رِکھو زِ یوٚت شُس گوٚمُت۔ اَتھ رِکھو چھے اَتھس کوٚرمُت۔

مجنون:۔ ’’زخمی اتھ ژوٗ رِتھاوِتھ‘‘ نجات ...... عفو۔

ہے لُولی ژےٚ سیٚتھے چھےٚ اُچھ نژان۔ ژےٚ کپٲری پییِ نظر۔

مےٚ گیہِ رات دوٚدس ستیٚ لڑاے۔

لُول:۔ ہَتہ لوٚ گہ سہ دوٚدٕ مجنون چانہِ بلایہِ تہٕ چھپہٕ۔

مجنون:۔ ہَتے لُولی! ژٕ ٹی کتھ۔ ماجہِ ہٕنز دٕری ہے ترٕ اوٚمس سوٗ ٹھول وُنہِ آسنس ہبڈ لائٹہٕ نژان۔

لُول:۔ واہ متہٕ آستہٕ تس ستیٚ لڑاے کران۔ وُچھو کیا چھے اَتھ اَتھس گوٚمُت۔ پیٹھٕ ماچھکھ تَس پوشان۔

مجنون:۔ نجات ...... عفو ...... ہَیے لُولی یہِ چھکھے ژٕ ونان۔ ہَیے تَس چھِ تم موٲلی ستیٚ آسان نتہٕ ہے تراوَس سہ چنڈٕ یُتھ بُتھِس گراہرِ ی ڈلبس کھبے ژندٕ ری موٗنجہِ۔

لُول:۔ مَجا ...... میٲنہِ مجنونا ! شُس ہا چھکھ گوٚمُت۔ مےٚ ہا باسان ژےٚ چھے تموادٕ ژٹوبیہِ ریما ٹھ کوٚرمُت۔

مجنون:۔ عفو...... نجات ...... ہَیے ژٕ ٹی کتھ۔ کرِی بدل

کتھ۔ بہ نَے گوس نہٕ کھوژن وول۔ ماجہِ ہٕشر دٕرے ہے

چھُکھ مےٚ چون پھیرِ یوان تہٕ نتہٕ ہے ...... خاُرتراوِی

یہٕ کتھ۔ یہٕ وَنتے خاٗت ماس چھاوارے۔

لٗل:۔ (ندٕری موٗنجہِ کھوان کھوان) اہنُو وارے ہا چھےٚ۔ تَمے

وٗنی نامےٚ چاٗنی شیٚچھ۔ دوٗ پَنم سہٕ آسی پیٚاران۔ ژےٚ رکھو

اوسُے وُنن۔ وَنُو جل جل۔ پتہٕ یِی اورٕ ............

مجنون:۔ عفو ......نجات یہٕ کُسےُ پیہٕ۔ بہ نَے چھُس نہٕ ماجہِ ہٕشر

دٕری کاٗنسہِ کھوژان۔ یِی نی کُس پیہٕ۔

لٗل:۔ واہ میانہِ خودایہ۔ مَجاژ کو نا سوٗنچان۔ سورُے زمانہٕ ہا

چھُ سانہِ لولُک دُشمن۔ سون نا چھُنہٕ کاٗنسہِ خوش یِوان۔

مےٚ ہا چھُ پہرٕ لِکھتھ۔ اگر ہا تمن پے لگہِ تم ہا کرنے خبر کُس

حالہِ بد۔

مجنون:۔ ہَیے لٗلی! ژےٚ ہے چھےٚ مالِی سُندٕ مرُن۔ میوٗن چھِیے

ژےٚ ازتہٕ تِتھے محبت یِتھ لو کچار اوسُے۔

لٗل:۔ "روشنہٕ آیہٕ" خبر مےٚ چھےٚ نہٕ خبر۔

مجنون:۔ ہاٗے ونی لٗلی (لٗلہِ زیر دِتھ)

لال:۔ اُتھہ ...... جاڈے گوُمت (بیہِ طرفہِ بُتھ فران)

مجنون:۔ نجات ............ عفو ............ ہاُے لالی یہِ مے آس
کران۔ بہ نے ہبکنہِ ژےٚ وراُے اُکس منٛدس زِنٛدِ
روُزتھ۔

مجنون:۔ "پان لرِتہٚ اُوتھ" لالی ............ ژےٚ ہےَ چھکھ خوداصاُبن
صرف میانہِ موکھہِ بناوِمو۔ واعدِ کری۔ مےٚ ستی کری
واعدِ۔ یُتھ نے مےٚ دغا دِکھ۔ ہیے لالی کری واعدِ۔ مےٚ
کھوژ دودس۔ سہ گسُے چھُ۔ لالی مےٚ ستی کری واعدِ۔
(لال چھےٚ اتھہِ کڈان)

لال:۔ مجا ! بہ ہا چھبس کھوژان۔ سوُرے دُنیا ہا چھُ اَسہِ دُشمن۔

مجنون:۔ نجات ...... عفو ...... دُشمن ...... دُشمن ......دُشمن۔
ہاے اَسہِ یِکھے کرَن دُشمن کری ژِ واعدِ۔ ماجہِ ہشز دِری
ہے کڈک مونچہِ اکہِ اکہِ۔ کری وعدِ۔

لال:۔ مجا ............ژےٚ ناچھے نہِ دودنہِ رزانٍچ خبر۔

مجنون:۔ ہاُے ژٲٹی کتھ ژکہِ نے چھے نہِ ژےٚ میانٛی ماے۔
(لال اتھہِ کڈان)

لأل:۔ یہِ ماوَن میٔانہِ مَجا ! بہ ہامارَے پان۔ رَٹو بہ ہا چھبسَے واعدِ کران۔ ''رَلاوان اتھِ'' أتھی مٔز چھُ دودِ مجنون مجنونس نالس تھَپ تژ أوِتھ تھوٚ دٔتلان۔ مجنون کٔہتھ تام گوھان۔''

(یہِ قسطِ چھُ أتی موکلان)

**End of episode**

کاشرِ لکہٕ فارمہِ منز ''اسن ترٛ لیہٕ''

# لکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط..........۲

تحریر:۔ غلام علی مجبورؔ
ترتیب:۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورٕ وُڑ ربڈگوم کشمیر

# کردار

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | ماگُن راجہٕ : | بادشاہ |
| ۲۔ | مُسہٕ میر: | اکھ وکیل مجنون سُنٛد |
| ۳۔ | مُنٛش : | پٔنڈت پریم کول بڑٕ |
| ۴۔ | وکیل ۲: | وکیل لاٗلہٕ ہُنٛد |
| ۵۔ | چوبدار: | دربارُک چپرٲسی |
| ۶۔ | دربٲری : | وزیر چالہٕ نفر |
| ۷۔ | مجنون: | |
| ۸۔ | ماشٹر جی: | نٕجدٕ وَن سکوٗلُک بڑٕ |
| ۹۔ | خورش دبد: | اکھ مٕری دِبا دُم داے |
| ۱۰۔ | اہلکار مسخر: | پٲتھر گری |
| ۱۱۔ | سکوٗل ٹُری : | |
| ۱۲۔ | سُوتر دار: | مسخر چالہٕ |
| ۱۳۔ | عمہٕ چیچہٕ: | اکھ بڑٕ |
| ۱۴۔ | سورنے جماعت: | |
| ۱۵۔ | مسازندر : | |

# سین نمبر......۱

## SCENE NO:......1

## Out Door.....5

A Kashmiri folk tune is played on "SURNAI" Two Suterdaars ( clowns ) enter the frame dancing. After a little bit of dance both begin to narrate the story making a Satire on both LAILA and Majnoon

مسخر ۱:۔ لٲلہِ مجنونس لۆگ پنچاٹ کتھ کِتھ وُنی یِم دِن واٹ۔

مسخر ۲: ہے لٲلہِ مجنونس لۆگ پنچاٹ، لۆگ پنچاٹ تے لۆگ پنچاٹ۔

مسخر ۱:۔ مجنوٗنَن مُنٛج موٹر کارٕ لٲلہِ ہُنٛد مول گونا رونارأ تھی پیٹھ ووتھ بدلے وُژراٹھ۔

مسخر ۲:۔ لٲلہِ مجنونس لۆگ پنچاٹ لۆگ پنچاٹ تے لۆگ پنچاٹ۔

مسخر ۱: لٲلہِ ہٕنٛدی مَالِکی کوٗر شہرس سال ”خرچُن سوٗرے گوٗلن مال

ژبنگ ہأوِن بیٖہٕ ٹھاٹ تہٕ باٹ۔

مسخر ۲:۔ لأﻟہِ مجنونس لۆگ پنچاٹ لۆگ پنچاٹ تے لۆگ پنچاٹ۔

دوٚشوٚے مسخر:۔ (نگارٕ وأیِتھ) حضرات! اگر کانٛسہِ نفرس شخصس، فردِ بشرس لأﻟہِ مجنون ہِنٛدِس نیاٛیس متعلق ......

مسخر ۱:۔ کانٛہہ تہِ خبر اَتر چھےٚ۔

مسخر ۲:۔ یا کینٛہہ پے پتاہ چھُ،

مسخرا:۔ سُہ وانٛتأوِن فی الفور سلنہِ پأتھرٕ کس ماگُن راجس نِش شیٚچھ۔

مسخر ۲:۔ تا کہِ کنفیوجن گژھِہ دوٗر، انصاف سپدِ بھرپور۔ تِکیاز ِمجنون تہِ سونٛئے گوٚبُر تہٕ لأل تہِ سأنی کوٗر۔

مسخر ۱:۔ حضوٗر! یوسہٕ کتھ توہہِ مولوٗم آسہِ ......سو بأوِو...... وانٛتأوِو ......سأنٛس ماگن راجس نِش ضروٗر تہٕ ضروٗر۔ تِکیاز ِ۔

دوٚشوٚے مسخر:۔ سون پأتھر چھُ جأرِیے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ واگُنگانہٕ وادِل جانٛے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ وا۔ Both colowns sing and dance and exit the frame

**NO......3**

**These lines are more important and are sung many times in almost every episode.**

**CUT**

# سین نمبر......۲

## SCENE NO:.....2

**Majnoon, his father, his lawyer and some others consulting**

اکھ بٔڑ:۔ ہے میٚون تہٕ بۄ زِونا مشوراہ۔

مجنون:۔ عفو......نجات عمہٕ چھِنٛچہٕ تے گوسٹاٹ۔

سأدامیر:۔ (تھاپر لأیتھ) تلہٕ مںٛد چھاون کتہٕ ژٕ کرژھوپہٕ۔ وَن سا وَن عمہٕ جُوا......

اکھ بٔڑ:۔ وقتِ کأری چھُ پۆز زٕ پزٕان۔ میأنۍ کنہٕ وٕنۍ تو ماگن راجس پۆز نہ پۆز زٕ رے۔

مُسہٕ میر:۔ عمہٕ جُوا! تم زمانہٕ ہَسا گٔے۔ییٚلہِ پۆز چلان اوس۔ تیٚلہِ اُسی لۄکن میاد تِتھی۔ییمن پۆز شرٛ ییان اوس۔ اَتھ چھُ

پژس تاون یہ چھُ ٹیوٹھ زہر ہیوٚ۔ امہِ ستی چھُ سارِنے ترُ

ڈھان۔

سأدامیر:۔ ووٚنی زَن ونو أسی پوٚز، تم ما وَنن پوٚز۔ تم ونن صرف

بہ ہتان............

مُسہٕ میر:۔ ژَٹ ساکتھ ہے۔ أسی چھا یوٗرِ کأنز چیتھ۔ تم ونن ٹرأسی

ونو گولہٕ.......

مجنون:۔ عفو ......نجات۔ ہے حالات نہٕ ساچھِنہٕ ٹھیک۔ گولہٕ

مَسہ وَن۔ نکہٕ وأری ہَسا دگنے۔ ألٲلہِ ہُنٛد ہَساوٕنی زِ

کینژھہ۔

سأدامیر:۔ ہن ہن گچھی مگر پنٛنی ہن ژٕ جی نہٕ۔

اکھ بُڈ:۔ مَساوُنس میرا۔ شُر ہے چھُ۔

سأدامیر:۔ یہ گو ساشُر۔ یہ گو پانس کیوٚتھ کھر۔ ہے أمی ہَسا

دودرووس بہ۔

مُسہٕ میر:۔ سأدامیرا! حوصلہٕ تھاوسا۔ کڈسا أز یک خرچ۔ مسہ ہے فِکر۔

سأدامیر:۔ ہے ہے پانژھ لچھ روپیہ ہَسا لگِم نِشانہِ پیٹھ سالس تام......

مجنون:۔ عفو...... نجات ڈیڈی نہ حسابس مسا کرگڈ بڈ۔ جاد ہَسا

آسہِ لوٗ گمُت۔

مُسہٕ میر:۔ دِیوأز یک خرِچ۔ بہ پھیرٕ ازیَتھ بدل ورُق۔

(Sadia Mir pays some coins to

Musa Mir

مُسہٕ میر:۔ ؤتھو تیلہِ ......مجہِ لالہٗ !صرف ڈاُلی زِنہ بیانہٕ......پتہٕ ہاوے۔

سأدا میر:۔ وکیل صأب بہ حض دِمے ژٕے ینامہٕ۔مگر نوش گژھی مے Cover کوٗرگوٗ ہنٛ۔

مُسہٕ میر:۔ ہے ......پتھر اوسہٕ دٔلیس۔ژٕے کیا پریشأنی چھے۔کیس ہَسا چھُ چأنس حقس منٛز۔ؤتھو:ہپأری اگر تأریخ بلووکھ پتہٕ گوٚھ مُشکِل۔

All the four get up and leave

for court (Pather)

CUT

# سین نمبر......۳

## SCENE NO:......3

The court of king ( Mugun) everyone without king is present. A tune is played on SURNAI and the king appears.

چوبدار:۔ با ادب...... با مُلاحظہ ہوشیار ...... (دوپہ فرِ سانہِ پاُتھرُک ماگن راجہ چھُ تشریف انان۔

مسخر:۔ گوش بر آواز ...... سروِ قدتہ سروِ ناز ...... مُحرمِ راز ...... با ناز و انداز یانے پاُتھر باز چھ تشریف انان۔

All in court stand up in the honour of king . The king beats

**NAQARA after having his seat and all sit down.**

راجہ :۔ أسی چھِ دربارٕچ کاروأئی شروع کرنک حُکم دِوان۔

مُنش :۔ آے تہٕ بتہٕ............

درباُری :۔ أے اِصافُک پنچاٹ کرَن والہِ ماگن راجہٕ ! چون اقبال روٗزِن ہمیشہِ بُلند۔ قیٚس تہٕ لاُلہ مبر جانہٕ ہُنٛد کیس چھُ زیرِ غور۔

راجہ :۔ اَسہِ چھُ مولوٗم۔

مُنش :۔ رازَن !بُلاووکھ تیٚلہِ۔ کروکھ حاضر دربار۔

راجہ :۔ بے شک۔ اَسہِ چھُ پانٛس یہٕ قصہٕ بوزنک اِشتیاق۔

مُنش :۔ چوبدار............

چوبدار :۔ حُکم سرکار ............

مُنش :۔ کرکھ سامولہٕ مجنوٗن ہٕنٛدی مالی پتھٕر حاضر۔

چوبدار :۔ حُکمس سپدِ تامیل۔ **(A few steps away)**

چوبدار :۔ سرکار قیصر میر ولد ساُدا میر نُجیدوَن۔

سرکار قیصر میر ولد ساُدا میر نُجیدوَن۔

سأدامیر:۔ (Enters in a Hurrey) حاضیر حاضیر سرکار حاضیر۔

مُسہ میر:۔ اے نصاف کرَن والہِ ماگن راجہِ! ژٕ نے چھُے مولوٗم زِ مێون مورِکل "قیس" یانے مجنوٗن چھُ عالمی شوہرتک حاصِل یہِ چھُ اکھ بےلوٗث تہٕ پوٚز عاشق۔

وکیل ۲:۔ I object Aalam Pnah. اے انصافُک راج تاج کرن والہِ ماگن راجہِ! پانس چھےٚ خبر زِ اَمی مجنوٗنن کٔرٕ یہِ پٔنٕنی لو سِٹوری اَز تام پرٕشواہَن پژٕ وڈوسرن۔ اَتھ بنےٚ یہِ ہَتہٕ واد فِلمہٕ تہٕ ساسہٕ واد ڈرٛاما...... اَمی وٕٹ کرورن منٛز رائیلٹی۔ مێانہِ مورِکل لٲل میٚہر جانہٕ دِتِن نہٕ اکھ پوٚنسہٕ تہٕ۔ کیاہ یہِ چھُنا اِنصافس خلاف۔

مُسہ میر:۔ عالم پناہ! مێون پھاٚتر دوست چھُ ہۄلی پانَس پھربکھ کھالان۔ فِلمن تہٕ ڈراماہَن منٛز یتھےٚ مجنوٗن چھُ ژتوہے چھےٚ لٲل تہٕ مجنوٗنن کیا کھوٚتیٚو تھ یہِ نہٕ لٲلہِ کھیٚو۔

مُنش :۔ مولہٖ یہِ ہَسا چھُ پأتھر۔ تۄہۍ کتھ سارٕٹ نو فِلمو تہٕ ڈرامہو۔ پأتھر چ گرِو سا کتھ۔

راجہٖ :۔ ( After beating NAQARA)

آڈر آڈر أسۍ چھِ حُکم دِوان زِ پأتھرس دوران گوٚھ نہٕ کُنہِ تہٕ فِلمہِ، ٹی وی سیریل یا ڈرامہ ہنک ڈائیلاگ بولنہٕ یُن۔ تِکیازِ

Repeat brodcasting or telecosting is not allowed

مُسہ میرتہٕ وکیل۲: حُکمس سپد تامیل۔

وکیل ۲:۔ عالم پناہ ! مےٚ دِیِو تیٚمِس مجنونس جرح کرنک اِجازت۔

راجہٖ :۔ اِجازت چھےٚ ............

مجنون:۔ ( Comes to witness box)

مُسہ میر:۔ مَجا...... یتھ ناگابرٕ کھ...... بہٕ چھُس ییتی۔

مجنون:۔ عفو نجات ...... ہے راجہٖ صأبا یہِ ہے چھا ساچون انصاف۔ نہ ییٚتہٕ لۄل تہٕ نہ ییٚتہٕ دودٕ...... ہے پادشاہ

ہے! دوہ ہَسا چھُ مال خرچاوان۔

مُنش :۔ مولہٕ ژٕ کرسا ژھوپہٕ۔ یِیلہٕ ژٕ نے وأرِۍ واتی پَتہٕ وَنتہٕ پننۍ ڈائیلاگ۔

مجنون :۔ ہے پنڈِت جی! مے مہرا چھے لُٲلہٕ ہنٛدِ دادِ وأنج پھٹمو۔

مُنش :۔ پھٹمو آسی۔ مولا مے تہٕ ہَسا اُس جوأنی منٛز بھملایہٕ ہنٛد دادِ وأنج پھٹان سنہٕ تاریِیہٕ کیا۔ (All laugh)

راجہ:۔ Beating Naqara آڈر آڈر

وکیل ۲:۔ یہٕ کتھ حدَس تام چھُ پوٗز زِ ژٕ اوسُک مول ہبتھ پٹوأرِس گوٗمُت؟

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ! I object! پٹوأرِس چھنہٕ یَتھ لولہٕ کیسَس سیتۍ کانٛہہ تعلُق۔

مُنش :۔ مولہٕ ! لوچ، تحقیق کرسا کتھاہ۔

مجنون :۔ گوو ژٕ نے ماجہِ جنّت۔

وکیل ۲:۔ مِسٹر مجنون ...... مے نِش چھُ ٹھوس ثبوٗت زِ ژٕ چھکھ موٗت لأگتھ سالہٕ بتہٕ کھوان۔ ژٕ چھکھ آرٕ،

مکھوتہ تیمہ ہیتھ جنگلس مس کاسان۔

مجنون:۔ عفو نجات۔ خودایا ! ٹرہا گے ترٹھ ہا۔ ژ شوٹھ کیا ناُید چھکھ۔ ہئہہ...... مس کاسان۔

وکیل ۲:۔ زبان سنبھالتھ کرکتھ ............

مُسہ میر:۔ عالی جاہ ! میون پھاُتر دوست چھُ مسٹر مجنونس فرٛ بسٹیٹ کران۔

راجہ:۔ خاموش۔ مجنوٗن ژ وَن حقیقت کیا چھےٚ۔

مجنون:۔ اے اِنصافکہ راجہِ ! بۄ رچھُ یی زِ بہ چھس ببکار۔ ہتہ بۄدی درخواست دِتھ تہ لوٗگس نہ کنہِ۔

مُنش:۔ کیازِ؟

مجنون:۔ تکیازِ مےٚ اُس نہ سُفاُرِش یا نقد نارائین۔ یپاُرکۍ اُسم لالہ ہتز پریشاُنی۔ اُمس اوسُم بتہ پوشاک سوزُن ........... توٚے لاُجم مجبوٗرن مٔزوٗ مٔزوٗ ژنہِ بُہر یابُہر یازاہئ ...... اُتھی مٔز چلیو کارتہ لکرِ لوٗگ چلے جاو...........

جنگلس گرکھ تتہ واُلی مَس کوشکھ باُلی باُلی

پھاڑ ژوٗررَو گرِ ہے کھاُلی ہے لاُلی لاُلیہ

کاٗنسہِ ماچھے میاٗنِس پانس چھلہٕ چھانگر گرٕہم جانَس
سونہٕ لانگے کوٗرہم ٹینے ہا کاٗشرِ بوٗ عارمیٖون یی نَے



## DEFOCOUS

# سین نمبر......۴

## SCENE NO:.....4

**Majnoon in a jangle with an axe and saw**

**مجنون:۔**

دِل مٿون ھَے کوڙتھ ڏُباُلي، ھَيي لاُلي لاُلِيي

نُجدِ وَن سوزنس ماُلي، تبر زِينا تڙوڏنم نالي

راکھو ھے کھبے ھَم دڙاُلي، ھَيي لاُلي لاُلِيي

چاڙ تے میاڙ لولہِ ییڻہِ واُلي، اُسر دڏشوے علمن کھالي

تقدیرن اُسر ھے گاُلي، ھَيي لاُلي لاُلِيي

**In Sofiyana MUQAM**

# سین نمبر......۵

## SCENE NO:.....5

( Same as scene no 3. The court of king)

Majnoon in witness box as if he is singing in Jungle. All laugh on his action and he comes back

سأری:۔ اَسان۔

راجہِ:۔ Beating NAQARA آڈر آڈر آڈر ۔

مُنش:۔ مولہَ مَسہَ اُسِو۔لولس مخولہِ کرُن ہَسا چھُ پاپ، وَن سا وَن سا مولہَ ژِ ......

مجنون:۔ عالی جاہ ...... میأنس مأُلس تہِ ماجہِ اوس شک اَز نَے تہِ پگاہ ولتہِ لأل کلرٹی وی تہِ فرج ہبتھ۔مگر پوٗتُس ییلہِ مے

ژھوٚ رُے اوم خوس دِتِکھ۔ سأری ہے گوٚ وفان ......یہٕ
کٔمی کوٚر ؟ دَپ حض یہ کوٚر صِرف داجن۔ عالی جاہ !
داج چھُ لولس نوٗسُر ......(وَدان) داج چھُ لولس نوٗسُر۔
(پانہٕ تہٕ وَدان) مَسا ووِدمولہٕ ...... بہٕ ہٕسا چھُس پانہٕ
کورِمول۔ اَنٛدٕرِی اَنٛدٕرِی ہٕسا چھِم فُرگاہو۔ اَمے داجہٕ لرزٕ۔

وکیل ۲:۔ عالم پناہ ! مجنون چھُ سانگ لٲرِگتھ اِنصافس کھٔش کران۔

راجہِ:۔ (پانہٕ تہٕ وَدان) اَسی چھِ سأری کورِمألی۔ دَربارِیو ......
وُدِو، سأری وُدِو ............
داجن گرسأنس راجس اُدرِکھل ......غریب کورِ گٔیہِ گرِ
روٗزِتھ ......حرام کھو دِیار ودیُت کوربن وَٹہٕ۔ کیٛاہ یہٕ
چھُنا اَنہٕ گٹہٕ۔

سأری:۔ Shame Shame Shame

مُنش:۔ آے تہٕ بتہٕ ......رازَن ! توہہِ ماگوٚوِ مُشِتھ زِ یہٕ چھُ
پأتھر ...... تہٕ پأتھرس منٛز چھِ اَسی نژان ، گِنٛدان تہٕ
گیوان۔ نہ کہِ وَدان پھِنگان یا اوش ترٛاوان۔

راجہِ:۔ مُنشی پریم کول ! سون سورُے منٛزگول۔ اِسلئے والیو

سورنے تہٕ ڈھول۔ اَسہِ چھُ دِل مَلول ...... سون دِل گُرِ وخوش۔

مُنش :۔ حُکمس گُرِوأ چھن منٛز جاے۔ ماگن راجس منگوآے تہٕ پاے۔

راژَن ! مہ بُرِ وپرواے۔ چوبدار............

چوبدار:۔ حُکم سرکار۔

مُنش :۔ انٛکھ سا فنکار۔

چوبدار:۔ بہتر سرکار۔ فنکار سپدِن حاضِر دربار ............

فنکار:۔ سانہِ راجو أسی لگوے پأرِیے تہٕ میریے گُنگانہٕ وا۔

سون پأتھر چھُ ڈُنہِ ییٛتہِ جأرِیے تہٕ میریے گنگانہٕ وا۔

مجنون خانے ہافند بازو مجنونہٕ میٛانے ہافند بازو

پأژُ وخزانہ سرکارِیے تہٕ میریے گنگانہٕ وا۔

دربأری :۔ واہ واہ۔

راجہِ :۔ آفرین آفرین مرحبا مرحبا

مُنش :۔ راژَن ! اگر جان بخشی آسم بہٕ کرٕ ہا ہتھ مُقدِمس مُتعلق وننی۔

راجہِ :۔ ڈٕنو ڈٕنو پنٛڈت ! ڈٕنو کیا چھو وَنُن۔

مُنش :۔ ییٛمی مجنونن بچأری تُج سخت کفارت۔

وکیل ۲:۔ عالم پناہ ! پنڈت پریم کول چھُ مُقدِمے گول کرُن

یژھان مےٚ چھُ باسان پنڈت جیَن چھُ مجنونس نِش چاپہٕ

کھوساچوٚ مُتے۔

مُنش :۔ تژاہِ تژاہِ تژاہِ ۔ ہے موج بھگوتی ! مولہٕ ژےٚ

کیٚاسا کوٚرمےٚ مےٚ۔

راجہِ :۔ پنڈت ...........؟

مُنش :۔ حکم راژن۔

راجہِ :۔ یمن گواہَن اَسہِ حکمِ حاضِری دیتُمت اوس تِم کتہٕ چھِ......

دربٲری :۔ عالی جاہ ! نُجیدِ وَن پرائمری سکوٗلُک ماسٹر تہٕ چھُ حکمس

پیٚاران تہٕ لٲلہِ ہنٛز دائے مُسماتِ خورشی بیوہ جُمہٕ گنائی تہٕ

چھےٚ حاضر۔

عالی جاہ ! نُجیدِ ونُک ماشٹرجی چھُ محترم تہٕ معتبر تہٕ۔ میٲنۍ

رائے چھےٚ گوڈ گوڈِ تُسی واٲری دِنہٕ یِنۍ۔

راجہ:۔ نُجیدِ کہِ پرائمری سکوٗلُک ماشٹرجی سپدن حاضِر۔

" Master Ji Enters"

ماشٹرجی:۔ حاضِر۔

چوبدار:۔ ماشٹر جی! ملزمن ۂندِس کاٹھ کرس مژ ؤنو کیاہ چھہ وَنن۔

وکیل ۲:۔ ماسٹر جی یہ چھا پزر زِ ژٕ اوسک لُالہٕ لایان تہٕ مجنونس اوس لگان۔

ماشٹر جی:۔ بالکل پزر۔

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ ! مےٚ دِیو موقہٕ بہ کرٕ ثابت زِ یہ چھہٕ بوہتان

بھزم، تونگ۔

راجہٕ:۔ اِجازت چھہٕ۔

مُسہٕ میر:۔ ماسٹر جی اوس ژٕ کہِ تمہٕ دوہ تہٕ مجنونسے لایان۔ییلہِ زَن

اَسہٕ یہ وؤہمہٕ چھہٕ زِ یہ اوس لُالہِ لایان۔

وکیل ۲:۔ عالی جاہ ! فاضِل وکیل چھہٕ ژھوٗرے آب مٔنداں۔یہِ

گرِن پٔنُن دعویٰ ثابت۔

مُسہٕ میر:۔ توت مَسا کھے ...... ماشٹر جی تۄہۍ کڈِ وناعاُ نک نمبر۔

ماشٹر جی:۔ (عاُ نک کڈان)

مُسہٕ میر:۔ ماشٹر جی تۄہۍ ہیکو اۄنتھ زِ انصافک ماگن راجہٕ کتیتھ چھہٕ

تشریف تھاوِتھ۔

ماشٹر جی:۔ (یُس ژٕ کہِ دولہٕ چھہٕ Points to another side)

مُسہٕ میر:۔ کہیں پہ نِگاہیں کہیں پہ نشانہ۔

راجہ :۔ کیا مطلب ؟

مُسہِ میر:۔ مطلب عالم پناہ ! یہِ ماشٹر جی چھُ تُہنٛدِ اقبالہٕ دولہٕ۔

سأرِی:۔ اَسان Laugh

راجہ :۔ آڈر آڈر آڈر Beating NAQARA

وکیل ۲:۔ عالی جاہ ! ماشٹر جی اوس نہٕ دوہے یتھے۔ ماشٹر جی اوس اکھ باوقار شخص مگر یہِ کوٚرسانہِ غلط پالسی تہٕ انگلش میڈیم سکوٗلن ہٕنٛدی گرٕ پتہٕ گرٕ کھُلنٕ لوٗ۔

عالی جاہ! بڈبن بڈبن لوٗکن ہٕنٛدی شُری چھِ پرائیویٹ سکوٗلن منٛز۔ مُنشی پریم کول ہنٛدی شُری، مُسہِ میرٕنی شُری، دربأری تہٕ چوبدارن ہٕنٛدی شُری، میأنی بچہِ تہٕ تُہنٛدی بچہِ تمام چھِ پرائیویٹ سکوٗلن منٛز............

مُسہِ میر:۔ سرکأری سکوٗلن چھِ ضروٗری ساز وسامانہٕ نِش خألی......تور کُس سوزِ بچہٕ۔

ماشٹر جی:۔ (وَدان) نہ چھُ فرنیچر، نہ چاک، نہ نقشہٕ، نہ دَر، نہ دیوار۔ صرف چھِ افسرن پتھ افسر۔ أکِس أکِس گامَس منٛز چھِ ترٕے ترٕے سرکأری سکوٗل۔

وکیل ۲:۔ عالی جاہ ...... ماشٹر جی چھُ سکوٗلن منز ڈنڈ رٹکتھ دربارُک وقت ضایہٕ کران۔ ماشٹر جی کمہٕ کھوتہٕ کم لفظن منز ڈنو ییمس مجنونس کیٛو تھ کریکٹر اوس سکوٗلس منز۔

ماشٹر جی:۔ اے انصافک پنچاٹ کرن والہٕ ماگن راجہٕ ییلہٕ ییلہٕ تہٕ مےٚ کتھ گرمےٚ دِتھ چانٹھ تھوٚ پھ۔

راجہٕ:۔ ماشٹر جی ژٕ وَن تفصیل اُسی چھہٕ بوزان۔

ماشٹر جی:۔ ییلہٕ نٔجہٕ ونس منز گرم جمادارَن اِنگلِش میڈیم سکوٗل تژ وو۔ اَسَن بسن والو کٔڈی پٔنٕز شُری سرکارٕی مدرسہٕ منزٕ۔ مدرس گوٚ وژھوٚ رتہٕ مےٚ گوٚ و مجنون اگادِ۔ اُمی کھولنس وَدنس ...... عالی جاہ ژٕلنس واتنوٗنس۔

**(Defocus Focus to a village schoole)**

ماشٹر جی:۔ اکہٕ دوہ لاگنوٗم شُر بن اتھہٕ ترانہٕ ............

**School children singins a song**

سکوٗل بچہٕ:۔

تائیمہٕ گوٚ باپارٕ ہے گٹکار ہے

چھنہٕ کانٔسہٕ سونٔے عار ہے گٹکار ہے

افسرن موٹر کار ہے گوٚ ماشٹر لاچار ہے

دوا کائی دوٗ یہٕس چار ہے گٹکار ہے

موقدم چھُ تولان دیار رہے تقریرِ تے تکرار ہے

بُتھِ چھنب پتہٕ زَن لار ہے گٹکار ہے گٹکار ہے

مُسہٕ میر:۔ ہے وٹ ساچونٹ ......آوارٕ گوکھ پانہٕ۔

وکیل ۲:۔ یوٚ ژھ نمے خود ایَن آوارے کرٕتھ۔

مُسہٕ میر:۔ کیاوۄنتھ۔(نرٕی وَٹان)

وکیل ۲:۔ ہتاژ چھکھ کُسو۔

مُسہٕ میر:۔ بہ ہا چھس مُسہٕ۔(دوشوٕے تھپ مِلناوان)۔

راجہٕ:۔ Beating NAQARA آڈر آڈر آڈر

مُنش:۔ چوبدار ......؟ تلہٕ سانومَن کرژھنن ژھنن۔ یمو ہے کوکر جنگ لوگ۔ مولہٕ توہہٕ کوسہٕ سالٹھ آیَو۔...... ہے موج بھگوتی کمن منمکن ہُرتھ وکالت۔

چوبدار:۔ (وِسل وأیتھ، وکیلن ژھنن کران)۔

( Blows whistle and the lawyers keep hands down)

راجہٕ:۔ آڈر آڈر۔

دربأری:۔ معزز وکیل صاحبان تھاون دربارُک وبقار نظرِ تل نتہٕ ییہٕ تہنزٕ لاسن منسوخ کرنہٕ۔

مُنش:۔ نہ رہے بانس نہ بجے بانسُری۔ آے نتہٕ بتہٕ۔

مُسہٕ میر تہٕ وکیل۲: Sorry Sir

راجہ :۔ You may proceed on

مُسہٕ میر:۔ عالی جاہ ! اگرؤ چھوتہٕ یہٕ چھُ اکھ سیٹھ دساد کیس یہٕ چھُ سا سہٕ بدبوٗ ذری یَو پیٹھ صرف لِکھاریو اُلجیو مُت۔ یتہِ کیسچ اکھ چشم دید گواہ چھےٚ زِنٛدٕ ......اگر سو دربار رَس منٛز حاضر کرنہٕ یِیہٕ۔ دود تہٕ آب نیرا الگ الگ۔ عالی جاہ ! میٛون مطلب چھُ لالہِ ہنٛز داے خورش دبد۔

مجنون:۔ عفو نجات۔ اُتھی چھنا وَنان یَس کورِ خانٛدر سوے کور لو برن۔

ہے وکیل صاُب لال اَنہٕ ناوُن سَہ نتہٕ ہَسا مارے بہٕ پان بہ ہسا کرَ ے آتم ہتی۔

مُنش:۔ مولہٕ ژنگرِ مُسائل ............اَسہِ مَسا کھوژناو۔

مُسہٕ میر:۔ مجنون ! ژمَسا گابَر، مُسہٕ میر چھُ ونہٕ زِنٛدے۔

مجنون:۔ مگر بہ موٗدس۔ میٛون تہِ کر انصاف ژےٚ چھےٚ غرچ چلان۔ میانہِ دِلک تہِ سوچ۔

راجہ:۔ آڈر آڈر۔ لالہِ ہنٛز داے مُسمات خورش گری وون حاضرِ دربار ............

چوبدار:۔ سرکار مُسماتِ خورشی بیوہ جُمہٕ گنائی نجِدوَن۔
سرکار مُسماتِ خورشی بیوہ جُمہٕ گنائی نجِدوَن۔

خورش:۔ اسلام علیکم (To King)

راجہ درباری:۔ وعلیکم سلام۔

خورش:۔ (To Munishi) سلام ہسا۔

منش:۔ سلام آۓ منیر نیتنیر

مجنون:۔ عفونجات۔ ہیے خورش ماسی (وَدان) ہیے خورش ماسی۔ میثانی

لال مہر جان چھے وارے۔خورش ماسی ............ میثانی

لال چھے......(بے ہوش گوھان)

By saying the word Majnoon

becomes unconscious. All in Darbar come

closer to him

راجہ:۔ آڈر آڈر آڈر شاہی حکیم داناسپدن حاضر ......

تو تام گوو دربار برخاست۔

تخلیه

"SURNAIE DHUN"

END OF EPISODE JASHEN

کأشرِ لُکہٕ فارمہٕ منٛز ''اَسن ترٛایہٕ''

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جآری

قسط.........۳

تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورٕ وُڈر بڈگوم کشمیر

# کردار

۱۔ مجنون

۲۔ لال

۳۔ قونسرشاہ

۴۔ وکیل ۲

۵۔ مُسبہ میر

۶۔ مُنش

۷۔ راجہ

۸۔ دربآری

۹۔ چوبدار

۱۰۔ بیچھوٗنی

۱۱۔ اکھ غلام (قونسر شاہ سُنْد)

۱۲۔ دوڑ مجنون

۱۳۔ ڈولہِ قہر

۱۴۔ گُری وول

۱۵۔ سائری

۱۶۔ مسخر

۱۷۔ نژن وأُلی

۱۸۔ وائین وأُلی

# سین نمبر......۱

## SCENE NO:.....1

A SOOFIYANA DHUN on SURNAI. Night time. Majnoon in his room trying to ring LAILA. A phone in front of him. A radio set is on the other side of Majnoon.

مجنون:۔ ہیلو ...... ہیلو ...... ہیلو ...... ہیلو ...... ہاں ...... نہٕ

نہٕ نہٕ رأنگ نمبر(Wrong Number)

(Leaves the reciever)

دِیٖو دِیٖو پھیر ...........

اَمایہٕ ماچھےٚ کانٛہہ چال ......شوٗتھس ماکرَن تونٛچ۔ ٹیوٗٹھ ما

چاوَن ...........

ویسے پوٗرَن نہٕ مےٚ کینٛہہ......تِکیٛا زِلاٗل چھےٚ میٛانہٕ کنہٕ۔

(Switches on the Radio)

ریڈیو:۔ یہِ چھُ ریڈیو کشمیر سرینگر۔ راتھ ہنز ساڑ نو بجے یہِ۔ پیش چھےٚ داستان ۔ اَز بوٗزِو داستانہِ لٲل مجنونچ تژیم لٔنڈ............

دَپان صاحب ووستاد۔ ییٚلہِ لٲلہِ پھرِ تھوو کھ۔ دوہِ مجنونن گرٕ خاندر رِچ تیاری...... تکیاِ زِ تو نسرشاہن کوٗرتس واعدٕ زِ اُسی نمو لٲلہِ تس ستی لوتہِ پأٹھی خاندر چأرِتھ۔ اَما دَپان مشورٕ کوٗرکھ زِ یہِ کتھ نسا گوٚژھ نہٕ باز ریٖژ ...... ہُپأری چھےٚ نہٕ مجنونس خبر ے۔ یپأری دژاو دوہِ مجنون لٲلہِ ہُند زأنیانہٕ ہیتھ وایان تہٕ گایان۔ اَتی ونان صاحب ووستاد کیٚژھو ھا............

لٲلہِ ہنز ڈوٗلی دژ ایہِ بأ لی بأ لی
ستی چھس سورنے وأ لیے
دوہِ مجنونس قسمت کھسوٗن
اَسہٕ دُن چھس دہانے تأ ے ہا
(مجنون پتے دَوان) ............

بہ یکدم ووت مجنون موقہٕ پیٹھ
دِتس تتہٕ چوب دودن گرٕن ہیٹہٕ ہیٹ۔

**Desolve (FLUSH FORWARD)**

# سین نمبر......۲

## SCENE NO:.....2

## CLEAR DAY

Barat of Duda Majnoon with a Doli. Bhands playing Surnai and dancing. A few soldiers also with Barat. Majnoon running towards Barat. Soldiers beat him ,he trys to go closer to Doli, but all in wain at least soldiers through him down the hill.

Majnoon hardly stands up with toren cloths and wonds

All alone crys loudly.

مجنون:۔ ہَیا ظالمو ...... جابرَو ...... ہَیا بتہٕ کامَن ہا گوھوٕ ۔ لاٰل ہا چھےٚ میانٕز صرف میانٕز۔

خودایا...... میانہٕ خودایا ...... چھُکھاو چھان ۔ یِمو ظالمَو کُس تُلیُتھ

شلک کوڑ رمے ۔ اَیے میانہِ پروردِگارا ............

**Tearing his cloths to pieces**

**(FLUSH FORWARD ENDS)**

# سین نمبر......۱

## SCENE NO:....1

**Majnoon in his room. Radio on**

**Majnoon tears his shirt.**

Radio:- یہِ چھُ ریڈیو کشمیر سرینگر۔ تۄہؠ اَسِو داستان بوزان۔ دہ بجے یہِ۔
پیش چھےٚ تُہنز فورمأیش۔

مجنون:- ہأں ............
تُہنز فورمأیش...... مگر میانہِ یتھ فورمأیشہِ کیٛا بنہِ۔
گوٚو ییٚمہِ وَرِ **Painting to his toren shirt.**
تہِ آسہِ ژھوٚنزِ، ہاہا شونگ ساپانا۔ پگاہ چھے تأریخ۔

**CUT**

# سین نمبر......۳

## SCENE NO :....3

**Two colwns in their traditional dress**

مسخر ۱:- مسخر بیٖیہٕ اَز پانٕے آو۔
کھبتھ چبتھ پٕز اڑَن کران ٹلہٕ تراو

مسخر ۲:- ہوشہِ گوشہِ بۄ زِ وساُنی کتھ۔
بۄ زُے حض وۆ تمۄ خوداَیس پتھ۔

مسخر ۱:- تُھنڈی اُسی خاُدِم واراہ پراُنی۔
ڈ چھمبتی توہہِ چھِوپاُتھر ساُنی

مسخر ۲:- کتھِ مشز ونتی اَسہِ بدلے کتھ
وٲتس ونہِ چھےٚ نہٕ یوان اَتھ وَتھ۔

مسخر ۱:- بۄ زی تو جنابو طرزَس مشز۔
اَسہِ گُری لتہٕ موقٕچہِ کم کم کشز۔

مسخر ۲:۔ لالہِ مجنونس ئج دپری

اُلی تہٕ کلوٕ اُنی نکھ تقدپری۔

مسخر ا:۔ ماگن پانس ستی گوٚ وست **Majnoon sleeping**

لگوٚتن پیشی یَس لگہِ تَس۔

دوشوے:۔ لگوٚتن پیشی یَس لگہِ تس

مسخر ا:۔ اُسی کرو اَسناہ گیوٚ ندناہ بس۔

دوشوے:۔ لگوٚتن پیشی یَس لگہِ تس

مسخر ا:۔ دزِ وازس یاوٗ زِنوازس۔

دوشوے:۔ لگوٚتن پیشی یَس لگہِ تس

دوشوے:۔ اُسی دِمَوگلناہ دستارس۔

لگوٚتن پیشی یَس لگہِ تس

مسخر ا:۔ تِکنیازِ۔گویا کہِ چناچہِ

دوشوے:۔ **(Already recorded)** بابہِ میانیا پہٕ پاُتھر چھُ

جاُرِ یے تہٕ میر یے گُنگانہٕ وا۔

**Both clowns dancing go out of the frame**

**CUT**

# سین نمبر......۴

## SCENE NO: .....4

**Lawyer of Laila with father of Laila in his house**

وکیل:۔ ہے ژِہ مَسا ہےٌ پریشاُنی۔ یہ ہَسا چھُ مُقدِمے دیواُنی۔
اَتھوخ لگان۔

قونسر شاہ:۔ ہے کیٔا سا دیواُنی یے گوسۂلاب۔ کور بن ہنڈِ کنہِ ہَسا چھےٌ
دوسہٖ ؤ تھان۔ ژےٌ چھے نہٖ اُمِس مُسہٖ میرس نِش کھنز
چلان۔ دیواُنی ؤنی ؤنی ہے ژےٌ مے دیوانگی اُنتھ۔

وکیل:۔ ہےَ مَسا دِطیش شاہ صاُبا۔ ژےٌ چھے نہٖ میأنی خبر بہٖ ہَسا
چھس پتہِ اپزِ ستی ہیٔہِ سُنٔدِس پزِس پاُزار والان۔ صرف
تھاوُکھ ژِ گواہ زِ ژور۔ مگر پُشتنی اَپزِ اُرکی تہٖ ترٔ ؤپٹر۔
پَتہٖ ہاوَے۔

قونسر شاہ:۔ ہے بہٖ ہَسا ٹِلن گام ستی گواہَن ہنز چھا کمی۔ ژے ہے

اُمس پنڈتس، دربارِس تہٕ راجس اَندی کینٛہہ چُکاوِ کھ۔
دوٚیمی مقدمے خارج کرہٕن۔

وکیل ۲:۔ ویسے وۄنُتھ ژے پلان سچہِ۔ پوٚنسہٕ گو پارُد۔ یہِ چھُ کمن کمن ٹنگہٕ ڈالان۔ مگر یہِ گوٚژھ نہٕ واوس تہٕ کاوس پےلگُن۔

قونسر شاہ:۔ ژٕ مَسا گابر۔ یہِ لگہِ نہٕ کانُسے پَے۔

وکیل ۲:۔ ژے نسا چھے نہٕ یمن اخبار والین ہنٛز خبر۔ یمن تہٕ تھے ہوالوٚگ یم ہے تہلکہٕ ٹلن۔

قونسر شاہ:۔ ژٕ کیاز زِ بزٕ وٚنتھے پزان ترٛاوان۔

**Claps his hands. A servent comes with small bags of quines.**

قونسر شاہ:۔ تلوٚ مگر از گوٚ ہو اَسی کامیاب تہٕ کامران واپس ترٛی۔

وکیل:۔ اِنشااللہ انشااللہ۔ مے اَسن تیلہِ اِجازت۔

قونسر شاہ:۔ آ آ۔ یہِ تے سبر تام نیر۔ پکو۔

**(Both leave the room)**

**CUT**

# سین نمبر......۵

## SCENE NO: ......5

**Majnoon as a blind begger. Other beggers not allowing him to beg on road**

اکھ بچھ:۔ آ......ژٕنے چھے راے لۄٹ چھُ......

مجنون:۔ ہے مےٚ کیٛا کۄر موتو ...........؟

بیا کھ بچھِ:۔ اَسہِ کیٛا سا گۄ ژھکھ کرُن۔ دپ اگر سون صحب بلا پرمٹ بچھان وُچھی، سُہ کری حالت خراب۔

مجنون:۔ ہے بہٕ ناسہٕ چھُس نہٕ بچھِ۔ بہٕ نَسا چھُس نہٕ بچھان۔

اکھ نفر:۔ یہٕ کیٛا سہٕ شرٛوُم نہٕ کیٚشہہ۔ ہَتہ بابہِ میٛانیٛا مےٚ ناوُ چھُنہٕ یتھ پتھرِ مٔز کانٛہہ یُس نہٕ بچھان چھُ۔......ووٚنی گۄ فرق چھےٚ صحب لۄک چھِ گرسیٚن پٹھ بچھان تہٕ اُسی عام بچھِ وُنی چھِ سڑکن پٹھ بچھان۔

بیا کھ بچھ :۔ اُسی چھ روپے ژ روپیہِ رٹان تہٕ ہُم چھ گُژراوٕنۍ چندن بران۔

مجنون :۔ ہَیا ہَیا ! بہٕ نا چھُس نہٕ بچھ ۔ بہٕ ہا چھُس مجنون ......
مےٚ ہا چھُ لُالہِ ہنٛدِ اَمارٕ بہٕ سانگ لوگمُت ...... یُتھ نا
تاوَنس کُنہِ لاپناُوِو۔

دوشوے بچھ :۔ مگر سون ٹھیکدٲر مانی نہٕ تہٕ۔

مجنون :۔ کیٛاہ ٹھیکدر ر ؟

بچھ :۔ ہَتا یارٕ ژےٚ کیتہٕ ترٕنۍ یِمہٕ کتھہٕ فکرِ ۔ ژھوٚٹ وَنے یتھ
شہرس منٛز گوھی بچھنس تہٕ لاس آسنۍ ۔ پاٚرِمین بچھن چھِ
تورٕ کٕی ٹھیکدٲر یور تاران تہٕ جاے الاٹ کران ۔ بچھن
چھےٚ بچارن صرف راشن لاران ۔ گلتا نہٕ گو ٹھیکدرس۔

مجنون :۔ عفونجات ...... ہے مےٚ دِیِو ساتیلہِ ماٗفی ...... بہٕ گوہٕ
سیزٕ دے لُالہِ ہنٛد ۔ دولولُک خاٗراتھا دِیہِ ......

**Walking on camera will fallow**

# سین نمبر......٦

## SCENE NO: ....6

**Majnoon on Laila's door begging as a blind begger.**

مجنون:۔ خوداراِدِتہٕ مےٚ کینٛہ حستہٕ جانٛس کرٕ ے دُعاے خاٗرا َتھ
موصوٗم پانٛس۔

مےٚ کوٚرمُت سوٗرچاوٗنۍ لولہٕ نارن
بہٕ کیٛاہ کرٕ ژٕ ے مےٚ ونٛو ہرن تہٕ دِیارن
دِتم دیدار چھُس زٕ ںٛدٕ ے بہ مومُت۔
پتھر پیوٚمُت بہ چھُس از حال گومُت

**Laila comes out. Both seeing each other**

مجنون:۔ لالی ............

لال:۔ مجنونا ............

مجنون:۔ **Taking out comb, handkerchip**

**and bottle of shampo giving to Laila**

رَٹی لاٗلی ...... ہتے یتھ منز چھےنِدرِ موٗنجہِ۔

| | |
|---|---|
| لاٗل:۔ | مجنونا ! یہِ کوسا دِوتھ چھےوٗ ژھمو۔ |
| مجنون:۔ | ژٕمےٚ ہےٚ گرین ...... اَز ہے تارَک فِکرِ ...... لگنےٚ تاٗریخ ...... |
| لاٗل:۔ | مجنونا ...... نیرُو جل جل ۔اگر ہاوِر دوہِ آو۔ سُہ اڑِ ژوٗٹ ہا پھٹرا ووِی نل نکھ۔ |
| مجنون:۔ | لاٗلی یُتھ نےٚ دربارَس منز بیانہِ ڈالکھ۔ |
| لاٗل:۔ | نا مےٚ ہا چھُ یاد ......نیرُو جل جل۔ |
| مجنون:۔ | خوداحافظ لاٗلی۔ |
| لاٗل:۔ | خوداحافظ مجنون۔ |
| مجنون:۔ | خوداراِدتہِ کیٛنژھاہ مےٚ خستہِ جانس۔ |
| | کرےدُعاےخاٗراَتھ موصوم پانس۔ |

**Going out as begger.**

**CUT**

# سین نمبر......۷

## SCENE NO:.....7

**Court of king (Pather).A Kashmiri folk DHUN is played on SURNAIE. Every one present. Both lawyers with some files. King beats NAQARA**

راجہِ :۔ أسی چھِ أزِچ کاروأئی شروع کرنک حُکم دِوان۔

مُنش :۔ آ ے تہِ بتہِ۔کاروأئی شروع۔

**(Writing with a long pen)**

دربأری :۔ أچھ ہَسا کیجے یتھ۔

مُنش :۔ دوشوِنی وکیلن چھےٚ سأنی وہتی زِتم کرن مقدِمچ پأروی......
یُتھ زَن انصافُک ماگن راجہِ گنہِ ٹھوس نتیجس پیٹھ والتہِ۔

راجہِ :۔ آفرین ......یِی چھُ سون مُدعا۔

دربأری :۔ ژھوتہٕ پامو ورأے گرِو بحث۔

دوشوے وکیل :۔ شُکریہ عالی جاہ۔

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ ! مِسٹر مجنون چھُ اکھ سیوٚد ساد نوجوان۔ أمی موٚ ژنگ نہٕ داج أمی گری نہٕ نِکھر۔ اوم خوس اگر فُٹ تتھ پیٹھ ماواتہٕ رِشتہٕ ژٹُن۔

وکیل:۔ اے انصاف کرن والہِ راجہِ۔ یُس نفر ہونٛین کھونہِ رٹہِ گرِ پتہٕ گرِ بانہٕ ہتھ بچھِ۔ تس ستی کُس تھاوِ رِشتہٕ؟

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ ! مجنونن روٗٹ پزٕی پأٹھی ہونہِ بچہ کھونہِ۔ مگر سہٕ اوس لألہِ ہُند ............

بچھِ وُن لوگُن لألہِ ہُندی أمارِ ...... بقولِ گونمات۔
مجنونس یارِ دود سوٚن خأرات موٚنگُن لوگُن اوٚن۔
شہزادن ہیوٚ رخر کہ پوش مجنونو تی وُچھان توش۔

وکیل:۔ عالی جاہ ! لألہِ ہُند مول قونسر شاہ چھُ عزتہٕ وول سہٕ لگہِ نہٕ اَتھ مسخرپأتھرس۔

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ ! یتھ میون پھاٹر دوست مسخرپأتھر ونان چھ یہ چھے پزٕ لولچ داستان۔ عالم پناہ ! اَتھ لولہٕ داستانس اوٚن ہاوباوٚن تہٕ وازٕ وانن پھکھ۔ داجن ٹُل لولس ژووژُن۔

دربأرؠ :۔ بے شک۔ بے شک۔

مُنش :۔ راژَن ! یمن بد رسمن گژھ بأن لگنۍ۔

وکیل ۲:۔ ضرۆر گژھ لگنۍ ......قونسر شاہ چھُنہٕ امیُک ذِمہٕ وار۔ سأری آسن وأٹلی چھِ یی کران۔

راجہٕ :۔ اَسہِ چھُ اَتھ پیٹھ تشویش۔ کانٛہہ تیوٚتھ گواہ گرٕی وون پیش یُس سأرے دٔلیل وَنہِ۔

مُنش :۔ راژَن! اگر ژٕ نو اِسمال میرانون۔ تس چھےٚ یہِ دٔلیل زبأنۍ یاد۔

مُسہٕ میر:۔ عالم پناہ ! سُہ چھُ کتھ زٹھراوان۔ تَس چھنہٕ سأرے خبر۔

راجہٕ :۔ آڈر آڈر آڈر۔

لٲل گرٕی وون حأضیر۔ أسی پزِ ژھوتسی۔

مُنش :۔ چوبدار ......! بُلاوُن سالٲل۔

چوبدار:۔ سرکار لٲل مہر جان قونسر شاہ سرکار لٲل مہر جان قونسر شاہ

**Laila enters. King looking to her**

راجہٕ :۔ یہے چھا لٲل۔

لٲل:۔ آعالی جاہ ! بۓ چھس۔

مُنش :۔ راژَن ! یہے گیہٕ شری متی لیلیٰ دیوی۔

راجہٕ :۔ مگر یہِ نے چھنہٕ تیوٚھ کینٛہہ۔ اَسہِ اُس راے یہِ آسہِ تژھ ہش۔

لٲل:۔ خاموش عالی جاہ ! لٲل وُچھنہٕ باپتھ گوٚھن مجنون سۭنٛزٕ چشمہٕ آسنہٕ۔

راجہٕ تہٕ باقی:۔ مرحبا مرحبا آفرین۔

راجہٕ:۔ مجنون تہٕ گٔرِو ون حاضِر دربار۔

مُنش:۔ چوبدار ! اَنِن ساموٗلا قیس مجنون۔

چوبدار:۔ مجنون سارِی Sorry

سرکار قیصر میر ولد ساُدا میر نٔجدٕ وَن

سرکار قیصر میر ولد ساُدا میر نٔجدٕ وَن

**Majnoon enters and goes to Laila. Chobdar not allows.**

مجنون:۔ لیلیٰ ...... ہیٚے لٲلی

لٲل:۔ مجنونا ......مجنون خانا

مُنش:۔ مولایہ ناسہ چھنہٕ نشاط شالمار......یہٕ ہَسا چھُ دربار...... ادبہٕ سان روٗزِ وسا۔

راجہٕ:۔ لٲل ......مجنون ......

مجنون ...... لٲل......

اَسان **Laughing**

لاَل ......مجنون......

مجنون ......لاَل ......

بہت یارانہ لگتا ہے۔

بہت یارانہ لگتا ہے۔

مُسہ میر:۔ عالی جاہ ! تمام حالات وواقعات، بیانات تہٕ کاغذات تھاوِ اَسہِ توہہِ بڑ وٚنہہ کنہٕ۔

وکیل ۲:۔ اَسہِ وبوٚھنووِیہِ کیس کیٛلہِ پھمبکی پأٹھی۔ کانٛہہ کتھ تھاوٕنہٕ ژھایہِ۔ عالی جاہ !اَسہِ چھےٚ وومید زِ توٚہی دِیوانصافک تیٚتھ فأصلہٕ یُس تأریخس منٛز سونہٕ ہأرِی حرفو لکھنہٕ یِیہِ

مُسہ میر:۔ عالم پناہ ! یہِ توأریخی فأصلہٕ گوٚژھِ لوٚکن ہمیشہِ یاد روزُن، داج ژھارَن والین ............

وکیل:۔ ہاو باو کرَن والین ............

مُسہ میر :۔ اور فضوٗل خرچی کرَن والین تہٕ رسوماتِ بد سکناوَن والین گوٚژھِ نہیِہ روزُن۔

وکیل ۲:۔ مُسماتِ لاَل مبر جان گوٚژھِ باعزت بری گوٚژھنۍ

مُسہ میر:۔ مِسٹر مجنون گوٚژھِ وِنقارِ سان پٔنٛنہِ لاَل ہتھ گرِ نیٚرُن۔

وکیل ۲:۔ لاَلہِ گوٚژھِ موکجار میلُن۔

مُسہ میر:۔ مجنونس گوٚژھِ یقرار میلُن۔

وکیل ۲:۔ موکجار صرف موکجار۔

مُسہ میر:۔ یقرار صرف یقرار۔

وکیل ۲:۔ موکجار

مُسہ میر:۔ یقرار

( Fastly same three or four times)

راجہ:۔ آڈر آڈر آڈر

مُنش:۔ راژن ! گرِ وانصاف۔

درباری:۔ عالی جاہ ! دِیوتمام حالات واقعات پؤژتھ انصافک فاصلہٕ۔

مُسہ میر:۔ عالی جاہ ! انصاف گرِو۔

وکیل ۲:۔ عالم پناہ ! انصاف گرِو۔

راجہ:۔ ہے بہ کُس سا انصاف کرِ بہ کُس فاصلہٕ دِمہٕ۔

دوشوے وکیل:۔ عالی جاہ ! کیاژِ ؟

راجہ:۔ اہٕن ساتوہہٕ نے وۄنوٗے نہٕ یہٕ مجنون کیا واتہٕ ہالالہِ؟

Both lawyers fell down

درباری تہٕ مُنش:۔ نومَن کیا ساگوٗو؟

راجہ:۔ یتھ شہرَس منز ماچھہٕ پۄژ وَیان کاتُسہِ۔

مُنش:۔ آے تہٕ بتہٕ (اُچھناٹ)

راجہ:۔ تخلیہ SURNAI DHUN

# سین نمبر......۸

## SCENE NO:....8

**Two colowns singing a satirce song on kings judgement**

**مسخر:۔** أسی أسی پیتی رؤ دی ئتی لوأتی لو
اَسہِ گُرِ کھدوہے ژھایہَ گتی لوأتی لو
أمی ماگنن یم فأصلہِ دِتی، تم تہِ أمی دژاے
آہو کو، کر گیہِ پُتی لوأتی لو

**(Some dancers join the clowns and the pather is on)**

**END OF THE EPISODE**

کأشرِ لُکہٕ فارمہِ منٛز "اَسن تڑ لیہِ"

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط............۴

تحریر:. غلام علی مجبوٗر واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وُڑر بڈگوم کشمیر

# کِردار

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | مسخرا | بٹہٕ چالہِ |
| ۲۔ | مسخر۲ | --- |
| ۳۔ | مسخر۳ | --- |
| ۴۔ | سدارام | ناگی رایُن منگتہٕ مول |
| ۵۔ | چھورٕ بٹنٛ | نأگی رایٚنۍ منگتہٕ موج |
| ۶۔ | طوطہٕ رام | وکیلِ ہیمال |
| ۷۔ | فوطہٕ رام | وکیلس اسسٹنٹ |
| ۸۔ | موختہٕ رام | --- |
| ۹۔ | راجہِ | ماگُن |
| ۱۰۔ | دربأرۍ | |
| ۱۱۔ | پنڈِت | |

۱۲۔ چوبدار

۱۳۔ باقی اہلکار

۱۴۔ گبون وائلی

۱۵۔ سورنے جماتھ

Pather is on.The King of court, every one present.A lovely folk DHUN on SURNAI.A folk dancer dancing

مسخر:۔ بھانڈ پأتھر کس ماگن راجہِ سُند اِقبال اٗسِن بُلند ۔ لأ لہِ مجنوٗنس مِثیول اِنصاف ۔ اسہِ کوٚ راسُنا گیوٚ ندنا۔ خلقس تہٕ مُلکس موٚ ننگ بھانڈ دُعاۓ خأر۔

سأری:۔ خأرِ ے خأر۔ سارِنے خأر

مسخر:۔ اے اِنصافس توٚمی کرن والہِ ماگن راجہِ ! ووٚنی کس چھےٚ وأری؟

راجہِ:۔ پنڈِت پریم کول ! لِسٹس منٛز کوٚ ہنڈ ناو چھُ؟

پنڈِت:۔ Standing up with a long paper.

رازن ! لِسٹ چھُ پھٹوأری چنٛدکی پأٹھی واریاہ زیٖوٗٹھ۔ یتھ اندر چھُ روٗمیو جولیٹ، عجب مُلِک نوش لب، وامِق عذرا۔ ہیر ارانجھا تہٕ شیرین فرہاد۔

درباری:۔ عالم پناہ! یمو عاشقو منٛز چھینہٕ اِکس تہٕ سِٹیٹ سبجکٹ۔ یم ساری چھِ فارئین عاشق۔ یمن کیٛا چھُ سائنس پأٹھرس ہتی۔

مسخرٕ:۔ عالم پناہ! مےٚ چھُ پرٛانین بھانڈٕ ووستادن نِش بوٗزمُت۔ چھینہٕ عشقس پینڈیا پرن عشقس مےٚ کرٛخنٛد وٕیسی یے۔

مسخرٕ:۔ کم کم عاشق گےٚ اتھٕ موٗرن تے
دوٗرن مے مار گتہٕ وٕیسی یے

درباری:۔ عالی جاہ! تہٕ چھُ بوٗزمگرٕ پٕنٕنی نیاے اَتی ترٛاَوتھ لگہٕ نیاے اَنٛزراوٕنی کوسہٕ دانائی چھےٚ ؟

راجہٕ:۔ بے شک بے شک۔ پنڈِت پریم کول ؟

پنڈِت:۔ آےٚ تہٕ بتہٕ۔

راجہٕ:۔ لوکل عاشقن ہُنٛد لِسٹہٕ پٔرو۔

پنڈِت:۔ بہتر مہربان! یہٕ حکم آسبم۔ Takes out another *List*.

یوٗ بُر یمبر زل، لوٗتہٕ پزٕبو، ہأرتہٕ طوطہٕ......

مسخرٕ:۔ آ آ گوٗرتہٕ آب، دُزٕ وجرتہٕ دُکاندار، موٗنچھ تہٕ پٕچ، رشوت تہٕ دفتر، درخاست تہٕ چائے، افسری تہٕ نشہٕ..........

ساری:۔ Laughter

راجہ :۔ آڈر آڈر پنڈِت پریم کول توہہ رٕ زِوپران ناو۔

پنڈِت:۔ ہٕنہہ (مسخرن کُن) شہزادِ تہٕ کھوٚر، ہیمال تہٕ نأگ
راے......

مسخر:۔ نأگ راے نِہ ہیمألیے نأگہٕ بل پژارے بألیے

دربأری :۔ عالی جاہ! عالمی تہٕ علأقأئی عاشقن ہُند فہرست چھُ واریاہ
زیوٗٹھ۔ یمن سارِنے نیاین ہکو نہٕ اکی وِزِ فأصلہٕ دِتھ
سہ ُ تہٕ أکی ہے پأتھرس منز۔

راجہ :۔ مگر أسی چھِ سأری نیاے أنزراوٕنی یژھان۔

سأری:۔ آفرین مرحبا۔

پنڈِت:۔ رازن! پأتھر چھُ جأری۔ سأری چھِ ییٚتی۔ گرِ و نا ازتس
بچارِہی مالہِ ہُند مسلہٕ حل۔

سأری:۔ آ آ آ۔ تمہِ تُج سبٹھاہ سختی۔

راجہ :۔ پنڈِت پریم کول! اہلکارن دِیو حُکم زِ تم کرن ہی مالہِ
ہُند مقدِمہ پأتھرس منز باضأبطہٕ دأئیر۔

پنڈِت:۔ راجس أسِن جے جے کار۔ آے تہٕ بتہٕ۔ ہے گُلہٕ مسخر
......نیر سادِ ساشہر گام پارے......

مسخر:۔ یے گیہ میأنی کأم۔ وأیِو ساو وستہٕ کارو۔

SURNAIE DHUN.

## SCENE NO. 2

Dhun of a most (بلبل تے مادل وہنہٕ گولاب)

papular Bhajan is played on SURNAIE.

Three clowns enter the frame

بوٚڈ مسخر:۔ شِو شِو شمبھُو اوم شِو پال بال گوپال۔ اوم یہٕ منگے تہٕ دِتم۔

مسخر ا:۔ راجاراج کرے۔ پرجا سُکھ برے۔ اوم درشکہٕ سوستھائے سُہا۔ راز سوستھائے سُہا۔ اوم سُہا ژٕہا بۓ ہا یہٕ ہا تہٕ ہا۔ اوم نمسوٗتی گنشام نام کام کرُ ودھ لُوب اوم واسہٕ دِیوے نمستُوتی۔

مسخر ۲:۔ دوٚیم مہرا اکا کہٕ لالہ نے مہرا چھیٚنہٕ پوٚزٕہی سمان۔

بوٚڈ مسخر:۔ روٗٹھ نگھہٕ گامہٕ پوٚزائیہ پیٹھے۔ پرکھوورِ کھوورتی یہٕ اُسی پرو۔ اوم ہرٕ اپشور پرمیشور۔

مسخر ۲:۔ اوم ارِہرٕ تہٕ چھوٕر چھوٕر

مسخرا:۔ ٹِکا ٹِکایہِ کہو چھُکھ وو ران گوٚیا عقلہِ ناش پھٹہٕ وانگنہٕ۔

مسخر۲:۔ سمائی مہرا چھُمنہٕ۔

بوٚڈ مسخر:۔ اِشر ............

اوم ہری ہر پرمیشورٕ ایشورٕ شنکر۔گرٕ گرٕ تھاوُن خوش گُزران۔ پھٕلراوُک بُترٲ ژھٕنڈی تمام اِنسان۔

مسخرا:۔ سانہِ ماجہِ کشیرِ سان۔

بوٚڈ مسخر:۔ ہے موج بھگوٕتی اسہِ پٹھ کرتہٕ کرٕ پا۔

مسخر۲:۔ اوم توٚت سوٚت ہُتھ یتھ کھبتھ چیتھ نبتہٕ سوتھ۔

مسخرا:۔ ٹِکا ٹِکا گوٚیا عقلہِ ناش یہِ کہو چھُکھ پران۔

مسخر۲:۔ یِیتہِ مہرا چھُم یِی لیکھت۔

بوٚڈ مسخر:۔ (ٹاف لٲےتھ) ہُپٲرٕ پرہُپٲرٕ۔

مسخر۲:۔ شُما مہرا شُما۔یہِ مہرا ژوٗلم نیرتھ۔

مسخر ا:۔ ہہ پڑاژ کھلہِ۔اکہِ چھےٚ ژوٗ ٹمت چوٗنٹ۔ہنگہٕ منگہٕ چھےٚ یِوان ٹھوٗنٹ۔ پکھ بڑ ونٛتھ۔

بوٚڈ مسخر:۔ اوم سُو اوم سُو سُو ہم سُو پزٕ بھو۔اوم شری کنٹھ شنکر اِیشور ہرٕ ہرٕ ہرٕ ہری نارانے ......زگت کلِیان بھوٕ (لیہِ منٛز)۔

مسخر۲:۔ اَوٕ اَوٕ اَوٕ اَوٕ بھوٕ ضرور بھوٕ۔اَوٕ اَوٕ اَوٕ۔

مسخر ا:۔ روٗنگھا ٹکا۔کہو اَوٕ اَوٕ۔

مسخر۲:۔ کلِیان مہرا بھوٕ تہٕ کیا۔

ترٛشوے:۔ زگت کلِیان بھوٕ۔

مسخر۲:۔ (نگارٕ وأنِتھ)..........راجاراج کرے، پرجاسُکھ بھرے۔

مسخر ا:۔ یٚیمہِ پرٕ وارِ ہند ٮ۪ن تمام رازن، مہرازن......

مسخر۲:۔ وازن آوازن......

بوٚڈ مسخر:۔ تمام رازن، رازٕ باین چھُ سانہِ پأتھرِ کس ماگن راجہِ سُند حُکم زِ ہی مالہِ تہٕ نأگ رایس مُتلق یوسہٕ تہِ شیچھ خبر تمن چھےٚ۔ سوسۆزِن تم اَسہِ۔تا کہِ أسی بناوو مُقدِمہٕ۔

مسخر ا:۔ مٔیون پتاہ چھُ۔

بوٚڈ مسخر:۔ پأتھر چھُ جأری۔لُکہٕ نگر۔ محبت کأنسی پرِ وار............

مسخر ا:۔ تُلومہرا۔

باقی زِ مسخر:۔

نأگ رانیٚ ہی مألیے پأتھر اسہِ اوٚنُے ڈألِیے

مُقدِمہٕ کرو نأگ رایس والتہِ کونہٕ چأنس نیٚایس

ژھارون تل پاتألِیے پأتھر اسہِ اوٚنُے ڈألِیے

The all dancing and walking on words

Camera will fellow.

CUT

# SCENE NO. 3

Sdaram and his wife chour Batni infro - nt of their house.

چھورِ بٹنی :۔ چاٮٔنی پاپہٕ کرم چھبس بھوگان۔نتے دَین دِژانم ،دِتھ کیاژِ رووُم۔

سداارام :۔ ہَیے بھگوٮٔتی! ژےٚ اوسُے نہٕ کرمہٕ لأنِس ۔ناگہٕ پوٚخرِ پیٹھ ہے آم ساکھ شاٹ بھگوان تہٕ ژام سرُف لأ ،گتھ بوٚستوٗرِس ۔دِپیٚ ژےٚ اوسُے نہٕ سنتانہٕ سوکھ تہٕ مےٚ اوس نہٕ چون سوکھ۔

چھورِ بٹنی :۔ دوٗ پمے کرکھٕ ژھوپہٕ ،کنہٕ کرناوتھ۔یو ہے چھُکھ راکھِس ہٕشیو۔بہ کران أمِس یوٗرٕ آدریہٕ وچھ......

سداارام :۔ ہَیے چھورِ بٹنی! یہِ گوٚ وے آدر۔اگر یہِ آدر گوتہٕ کِشٹ کیٛہے گوتیلہِ۔

چھوڑ بٹنی :۔ خبر مےٚ چھینہٕ خبر۔

سدارام:۔ ہتا مِیانہٕ بھگوانہٕ۔ سوے تہہ۔

چھوڑ بٹنی :۔ بہہ ژٕ ے۔

سدارام:۔ دۄ پَہے ہے بھا گہٕ ؤتی ژٕ ۄ چھکھ مِیأنی ژ ہتا ژٕ نے قدم ٹھہراوکھ۔ ''مےٚ امرِت چون درشُن وندے ژٕ رنین بۂ یاوُن''

چھوڑ بٹنی :۔ پٕڑتھ چھی کأڈی ڈٕلی متی۔ حق ہمسائیہٕ اگر بوزن تم کیاہ ونن۔

سدارام:۔ کیہہ دپن؟ دپن سدارامس چھُ آشنہٕ ہُند پزیم۔ رِکنہٕ بیہ رِ دپن کینہہ۔

A Chobdar enters with a summon of King.

چوبدار:۔ حُکم ما گن راجہٕ سُند۔ خلق تہٕ مُلک دَیہٕ سُند۔ پنڈِت سدارام ولد پنڈِت گوبند رام گوکھا ژٕ ے۔

سدارام:۔ تژاہِ تژاہِ تژاہِ تژاہِ۔ پھرٕ بٕتھ ہَسا کرٕ یوتھ۔ یُۄ تاہ بڑٕ چھا آلو دِوان۔

چھوڑ بٹنی :۔ ہتہٕ باگُس چھُکھ ژٕ۔ نستہٕ سیٚوٗ دُ ے کتھ ژاک آنگنس منز۔

چوبدار:۔ خبردار ہوشیار۔ بۂ چھس یِیمہٕ پرگن رکس ما گن راجہٕ سُند چوبدار۔

چھوڑ بٹنی :۔ چوبدار ؟

سدارام:۔ اَو ...... چوبدار۔

چھورِ بٹنی:۔ اسہِ کوسہٕ ژوٗرپھےٚ گرٕمژ ژآکھاسہِ چوب دِنہٕ۔

چوبدار:۔ تووِ چھُ بلہٕ پورِ کس راز بَلوپرنہٕ کورِ شری متی ہی مالہٕ مُقدمہٕ کوٗ رمُت۔ سدارام! دِسا سمنہِ تائمیل Takes-

out a paper.

چھورِ بٹنی:۔ ہتا ناتھو...... ناتھو۔ یہِ کُس تاون ژھُنتھم ناتھو...... پنانیوٗ ٹھ کرکھ کاکدس ناتھو۔

چوبدار:۔ پنڈِت! کرسا نٹھ جل جل۔

چھورِ بٹنی:۔ (بٹس لمان) پنانیوٗ ٹھ کرکھ ناتھو۔

چوبدار:۔ کرسا نٹھ۔

بٹہٕ ٹہٕ بٹنی:۔ بہٕ ہسا کرے نہٕ۔ (اکھ لمان اورٕ تہٕ اکھ یورٕ)

At last chobdaar gets his thumbimpression.

چوبدار:۔ پھسیوٗ کھ۔

سدارام:۔ اوٗ تام ہے أسہے اکے وتھ وونی کرے ستھ وتہٕ۔

چوبدار:۔ بوزسا ہے پنڈِت! اگر مُقررتار تخس پتھ دربارِپأ تھرس آکھ تہٕ جان۔ آکھنے پتہٕ چھےٚ خبرٕ ے۔ ہٕسی درن نہٕ واو تہٕ نچہِ کڈنا کپس Goes out

چھورِ بٹنی:۔ ہتا ناتھو......

سدارام:۔ باکھ مے تژ او۔ بۂ ہے گوس پژون سانگل ۔سۂ سانگ لاگس پأ تھرس منز یتھنہٕ ژلنس پوشہِ۔

چھوربٹنٕز:۔ ہتاناتھو............

CUT

## SCENE NO 4

Court of King . All present.A Pandit in tipcal Kashmiri Pandit dress enters the court.

طوطہٕ رام :۔ رازس اَسِن جے جے کار
رازس اَسِن جے جے کار
نمسکار سرکار۔

راجہِ :۔ پنڈِت پریم کول ؟

پنڈِت :۔ آے تہٕ بتہٕ۔ حُکم رازن۔

راجہِ :۔ یم پنڈِت کم چھِ یہِ گُرِ و مولوم۔

طوطہٕ رام :۔ زورٕ و دان۔

پنڈِت :۔ مولہَ ؤ دِ و مَسا۔ تو ہِ کتھ سا پٹھ پٹھیو اورٕ یُو نُے با کھ۔

طوطہٕ رام :۔ (بیہِ وَدن ٹا ٹگ دِوان)

راجہ :۔ آدرنی پنڈِت! توہی کیاژِ ودان۔

طوطہٕ رام:۔ یتھُے توہِ پڑژھوٕ ژ ُگس چھُکھ۔ مےٚ پیٚو یاد پٔنٕن

دربٲری :. ہے پنڈِت!ژٕ کتہِ روزان، ژٕ کتہِ روزان تہٕ ژٕ کتہِ روزان؟

طوطہٕ رام:۔ کیٚا مہرا یوٚت گوٚ وا اُچھن پچہِ فیوٚر۔

فوتہٕ رام:۔ ژے خبرٕ ے چھے۔ تتیٚ اوسُک آسان۔ بہٕ گوس خرومنزٕ یٮ۪ٹلہِ مےٚ مس آو۔ پتہٕ وٕڈ نہم مسخر۔

موختہٕ رام:۔ مےٚ گرموٕ خرمت۔ یٮ۪ٹلہِ یٮ۪ٹلہٕ پٮ۪ٹھ۔ بہٕ مہرا گوس بڈبو بو ہربو منزٕ۔

راجہِ :۔ یورپنگ وجہ ؟

تژیٚشوے:۔ (ودان زورٕ)

پنڈِت:۔ مولہٕ ودنہٕ وراُے گرِ وسا کتھ۔ گنڈنس پٮ۪ٹھ نسا اُزبونہٕ وٚدنس کھسان۔

طوطہٕ رام:۔ کورِ ہنڈِ طرفہٕ چھُنا مےٚ چھُ ودنےٚ مےٚ۔ بہ چھُس ہی مالہِ ہِندِ طرفہٕ۔ حرفہٕ حرفہٕ چھُم لیکھت اوٚ نمُت۔ بہ مہرا چھُس رازٕ بلوٕ پرٕ ن دُوت۔

راجہِ :۔ دُوت؟ تہٕ کیٚا گو دُوت۔

طوطہٕ رام:۔ سفیر مہرا سفیر۔ بہ مہراج چھُس بلہٕ پورِکس رازٕ بلوٕ پرنہٕ وبدوان سوپوٚ تری ہی مالہِ ہُند مُقدمہٕ ہتھ آمُت۔ بہ

مہراج چھُس وکیلِ وکالت پنڈِت طوطہٕ رام ۔ سوٚرگہٕ باأشی کوٚستوٚری رامُن کُن سنتان۔ڈوٚکھس چھِم فوتہٕ رام تہٕ موٚختہٕ رام۔

راجہٕ :۔ أسی گٔے توٚہِ یتھ دربارس منٛز وٕچھتھ سبٹھاہ خوش۔ أسی چھِ توٚہِ خوش آمدید کران۔ ہی مالہٕ ہُنٛد مُقدمہٕ کٔرِو دأیر۔ أسی کرو اِنصاف۔ بھرپوٗر اِنصاف۔

طوطہٕ رام :۔ رازن! ہی مال چھےٚ راز بلوٕیرٕنی کُنی کوٗر ......سوٗندر سُشیل کومل تہٕ نرمل۔ تس وٕیٛت پنڈٕت سدا رامنٛز منگنہٕ سنتانن نأگی رأیٔن دھوکھہٕ۔ تِمی دوٗپ اسہٕ زِ سہٕ شوٗٹھ چھُ شہزادٕ۔ مگر ژِ کہِ دژاو سہٕ شڈیوٗل کاسٹ۔

راجہٕ :۔ اسہٕ چھُ سدا رام دربارس منٛز حأضِر کرنُک حُکم بڑ وٕنٛھے دُیت مُت ......

پنڈِت :۔ رازن! سدا رامن چھےٚ میڈِکل سرٹِفکیٹ پیش کٔرمٕژ۔ یتھ منٛز درج چھُ زِ تس چھِنہٕ زوٗٹھیک۔

طوطہٕ رام :۔ رازن! یہٕ سدارام اِڈٕ ژوٗٹ چھُ سانٛگل۔ سہٕ چھُ گژ وتہٕ خود سینٹرن ہنٛدی پأٹھی عدالتک ناو بوٗزی تھے بیمار لاگان۔ تس کٔرِو ورٕزتہٕ گٔز۔

راجہٕ :۔ أسی چھِ حُکم دِوان زِ سدارام بلہٕ پوٗری گوٚھِ حأضِر دربار

سپدُن ۔ بمار آسہِ یا اوٚر ۔اور سدا رامُن کاشہ تہٕ عذُر
گژھِنہٕ قبول کرنہٕ یُن

طوطہٕ رام :۔ رازس اُسن جے جے کار۔

پنڈِت :۔ رازن! یہ گژھِ تو نونس تہٕ پرم پرایہِ خلاف۔

طوطہٕ رام :۔ رازن! پنڈِت چھُ سدا رامس ژٕتھ رچھان ۔شاید چھُن
یہ رٔنی آرچہِ گاڈٕ کھیٚو ومُت۔

پنڈِت :۔ تژاوِ تژاوِ تژاوِ ۔تس پھٔٹِ تن یڈ، نتہٕ پھٔٹِ تنو
تژشونی۔

راجہِ :۔ پنڈِت ! یم چھِ سأنی مہمان ۔یہنٛدِ خاطرٕ کٔرِو گوبنک
گنٛدنک اِنتظام۔کانہہ ناودار بٹہٕ وازٕ اٚنی وُون۔مژھِ گنٛڈ
تہٕ دمہٕ اٚلوکھٔبنس گوز مانا اکھ۔ بھانڈٕ نغمہٕ کرنأوِو۔

دربأری :۔ عالی جاہ! مہمانن ہٕنز خٔدمت گذأری چھےٚ سأنی وراثت۔سأنی نٔنہٕ
ربشی چھُنا فورموومُت۔
صاحب ستی یی مہمانس..........

Claps his hands.

The dancers and musicians enter the Darbar.

گوٚن وول :۔ صاحب ستی یی مہمانس

تی کریمہِ ستیٔ صاحب رضی
یتھ کرکھ پرس تتھُے چھے پانس
کرٗ ودھ نومُسلمانس پزٗی

سأری:۔ آفرین آفرین مرحبا مرحبا۔

گبوَن وول:۔ یٖتہِ چھُ پأتھٕرتہٕ پأتھر بازوٚیسی یے
ازٕ ہے آمُت یہِ شاہِ ہِند رازوٚیسی یے
لولہٕ سازس مٔنٛز آواز وٚیسی یے
پانہٕ آمُت چھُ شاہِ ہِند راز وٚیسی یے

All dancing. Added two times.

SURNAI DHUN

And of episode.

کأشرِ لُکہٕ فارمہِ منز "اَسن تژ لیہٕ"

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط............٥

تحریر:۔ غلام علی مجبورؔ واتھورہ
ترتیب:۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑُر بڈگوم کشمیر

EPISODE NO. 5

# کِردار

۱۔ ہی مال

۲۔ ناگی رائے

۳۔ گوندرام

۴۔ سدارام

۵۔ چھوربٹی

۶۔ کڑاُج

۷۔ مسخر ا

۸۔ مسخر۲

۹۔ بوڑ مسخر

۱۰۔ راجہ

۱۱۔ پنڈِت

۱۲۔ دربأری

۱۳۔ گبوٗن وألی

۱۴۔ سورنے وألی

۱۵۔ سِپاہؠ خٕدمتگار

۱۶۔ کینٛہہ بییہِ نفر حسبِ ضرورت

## SCENE NO. 1

Two clowns(sutardaars)on the bank of a dry spring waiting for Nagraie.

مسخر ا:۔ نأ گرایو۔

مسخر۲:۔ نأ گراے صأبو۔

مسخر ا:۔ نا گہٕ راجو۔

مسخر۲:۔ نا گہٕ لالہٕ صأبو......

نأ گراے:۔ ژٕ کُس چھکھ اے آدم زاد۔ کیٛا گژھی ۔only audio

مسخر ا تہٕ ۲:۔ یہِ کٔمی ہٕنز آواز۔

Audio :۔ یہِ چھےٚ میأنٕی آواز......

مسخر ا:۔ مخولہٕ نسا أزِ نہٕ کران ۔ژٕ یُس چھُکھ تہٕ سہٕ ُ۔ذرا یہِ برٛونٹھ کُن......

Audio:- توہی ہیکو نہٕ مےٚ وِچھِت۔

مسخر۲:- تِتہٕ چھے پرٕزٕ ے ناگہٕ بلن تہٕ ناگہٕ پوکھر بن پھیرٕی پھیرٕی چھے اسہِ اٚچھن ژھانپ بیٹھمٕژ۔

مسخر ا:- کرٕ وہنہٕ ساسا کوٚڈ۔ کیٛاہ کرو۔ راجن لاٚگی تاونس......یہِ ناٚگی راے تہِ چھُ فیٖٹ۔ کُنہِ چھُنہٕ اتھِ لگان۔

مسخر۲:- ووٚنی تھاومنّت بڑ وٚنہہ کُن یہِ۔ اٚتی کرو کتھا باتھا۔

Audio:- دوٚیمو ناتوہی ہیکو نہٕ مےٚ وِچھِت۔

دوشوے:- مگر کیٛازِ؟

Audio:- تِکیٛازِ توہی چھِو اِنسان تہٕ بہٕ چھس نہٕ اِسانن بُتھ ہاوٚن یژھان

مسخر ا:- اچھا اچھا۔ ژےٚ آسی نہٕ کاڑ...........چلو ٹھیک چھُ مگر توتہِ وٚنتم ژ چھکھ کُس۔

Audio:- بہٕ چھس سُے لیس توہی ژھاران چھِو۔ بہٕ چھس تل پاتالُک شہزادٕ ناٚگی راے۔

دوشوے:- ناٚگی راے؟ نہ ساسوٚنے ہوٚٹ ژٹکھ۔ ژٕ چھکھا پزی ناٚگی راے۔

Audio:- اٚسی چھِنہٕ قسم ہاوان۔ یقین کٔرِو بہٕ چھس۔

مسخر ا:- مگر بابا! یہِ نسا چلی نہٕ۔ اٚسی چھِ پاٚتھر باز۔ اٚسی کیٛا ہاوو لوٚکن۔ ساٚئنس پاٚتھرس منز چھے یُن۔

Audio:- پأ تھر کیا گو؟

مسخر۲:- ہے بڈ افسوس چھُ ۔ ژے چھے نا خبر ۔ژ کہِ چھُکھ خبر کتھ فرہنگی سکولس منز پران اوسمُت ۔پأ تھر ہسا گو پأ تھر تہٕ کیا۔

Audio:- ٚسیوٗ دٚسیوٗ د ؤنو کیا گو ؟

مسخر ا:- پأ تھر گو اسُنا ،ٚگیوٚ ندنا، نژُنا، وژُنا تہٕ بیہِ کیا۔

Audio:- اچھا تو ہی ماچھِو بھانڈ ۔

دوشوے:- آہ لگے کیا بلایہِ ۔گو پچھأنتھ ۔

Audio:- توہِ کُس پچھانِہ نہٕ ۔ؤنی تو کیا دلیل ۔

دوشوے:- ہا لگیو تہٕ لگیو خودایو۔

مسخر ا:- سائنس ما گن راجہِ سُند پچھے ناد۔ہی ملہِ چھُ کوٚ رمُت فری یاد۔

مسخر۲:- اے شہزادِ اسہِ ستی کرو عدٕ ژِ ژِ یکھ ۔

Audio:- بہٕ یمہٕ ضرور۔ کوٚت چھُم یُن ۔

دوشوے:- ژے پچھے سائنس پأ تھرس منز یُن ۔

Audio:- تو ہی کرلأ ٚ گو پأ تھر۔

دوشوے:- نأ گی رایوسہٕ پأ تھر چھُ جأرِ یے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ وا۔

Both clowns dancing

SURNAIE DHUN

CUT

## SCENE NO.2

Court of King.Nagrai in vitnssbox.
Lawyers of Heemall charging him.

طوطہ رام:۔ اور تو ہی ساری چھۄ وچھان کہِ پتۍ مین دون ؤری ین یوسہٕ آیہ کامن سانین ناگہٕ رادن گیہٕ۔سو گرأمی یُس پانس نأگرائے ونان چھُ۔عالم پناہ! بلہٕ پورِ بنےٚ لۄکن تژِ لیش۔

گونڈ رام:۔ عالم پناہ! یہِ چھُ لولہٕ نیا یک مُقدِمہٕ۔یہِ چھُنہٕ واٹر سپلائی ہُند نیاے...... آبس یا ترِیشہِ کیاچھُ یتھ مُقدِمس ستۍ۔

طوطہ رام:۔ عالی جاہ! یہِ سیٚوُد سادٕ شہزادٕ شکل نفر چھُ تل پاتال لُگ باشندٕ۔آب چھُ ناگن ہونے کھسان۔اگر نہٕ ناگ ہو کھنس یہِ ذِمہٕ وار چھ تیلہِ کُس چھُ؟

نٲ گُر راے:۔ (کنن اتھ تھاٗوِتھ) اے اِنصاف کرن والہِ راجہِ ! یہ چھُ بے جاہ، اُلبتہٕ۔ توہِ اِنسانو گُرِ وآبس پانِنے بےقدری۔ ناگن تژ ووُ وژھوٹ کولہِ بٹھِن بناوِو بیت الخلاء۔ ڈل کھیٚو وُ دِگہِ دِگہِ......سہٕ کتہِ وُ زآب۔

پنڈِت:۔ مولا! یِتہِ گُر آبس صِرف گور ہو قدٕر۔ اِد بجاہ تہِ گے......

ساٗری:۔ اسان۔ (Laugh)

راجہِ:۔ آڈر آڈر وکیلِ نٲ گُر راے کرِن جرح......

طوطہِ رام:۔ راجس اٗسِن جے جے کار۔ آدرتہٕ نمسکار۔ سرکارِ ونہٕ چھےٚ مےٚ کتھ پوٗرٕ کرنۓ۔

راجہِ:۔ کتھ پوٗرٕ کرنٕک چھُ توہِ اِجازت۔

طوطہِ رام:۔ عالی جاہ! یہِ یُس سراپا شرافتُک وردن لاگِتھ وِ چھان چھُ......چھُنہٕ شریف۔ یہِ چھُ سُے یٚیمی ہی مالہٕ ہٕنٛدِس دِلس گٕیٛنٛد......راز بلہِ وپر ہٕنٛدِس عِزتس رٕگیٛنٛد۔ اٗمِس پزیا ڈُنگ دِنۍ۔ اٗمِس چھا خبر ولو ہو......عالی جاہ! اٗمِس گژھِ رزتہٕ گز کرُن۔ کڑی سے کڑی سزا دیٚن۔ تاکہِ باقی تاپہٕ شہزادٕ رٹن نہیب۔That is all

گونٛد رام:۔ Claps hands راز بلہِ وپرن چھُ میاٗنس فاضِل دوستس دوٚر فیس دیٚتمت۔ توے چھُ توتی توتی

ڈائیلاگ بولان۔

طوطہ رام:۔ عالم پناہ! مے وۄن سٟچھ صرف تی یہِ ٹھوس پزر چھُ، حقیقت چھےٚ۔

گونٛدرام:۔ عالی جاہ! کتھوٚستی چھیٚنہٕ زٕہنٛ تہٕ حقیقت بدلان۔ تہٕ حقیقت چھےٚ یی زِ میون موٚکل ناگ راے چھُ اکھ سیوٚد ساد تہٕ شریف شہزادٕ۔ ہی مال اُس دہ ہے تس نوٚ نوِ سنڈلہِ تہٕ کوٗنشہِ کھوراہنٛج فورمائش کران ہی مالہِ ہنٛز ماجہِ کوٚر کز اجنو تہٕ پوشہِ واجنو مُنافقت......تمو وۄن شہزادس شبڈیول۔ عالی جاہ! ذات پات گیے یہِ کرتام ختم۔ ناگ راے آو ذات ہاونہٕ باپت پزبشر لائیز کرنہٕ۔ توتہِ کوٚر اُمی برداشت۔ مگر............

طوطہ رام:۔ مگر ییلہِ اُمِس پوٚز زوٗنٛگ اُمی دِژ ڈُنگ۔

گونٛدرام:۔ نہ نہ، ہرگز نہٕ اُمی دِژ نہٕ ڈُنگ۔

طوطہ رام:۔ چپات ترٛاوے سو، اتھ اپزس پیٹھ۔

گونٛدرام:۔ کس ؟کس ؟کس ترٛاوکھ چپات؟

طوطہ رام:۔ ژےٚ ہانہٕ کس۔

گونٛدرام:۔ تلا ترٛاو۔

طوطہ رام:۔ (چپات ترٛاوان)

گونڈ رام:۔ الے میانہِ بھگوانا۔تارک نب کونا ؤسی پیٔوان۔زگتس کوناتلُک پیٹھ گرِ شھان۔طوطا ژےترٔ اُ وتھامےٚ تھاپر۔

Gond Ram takes off his clothes.

پنڈِت:۔ مولاتوہِ ماساژوؤجن پژبکس۔

گونڈ رام:۔ ژِ روز ساپتھ۔

پنڈِت:۔ (ؤسی پیٔوان)(دون وکیلن سخ کوکر جنگ ؤتھان)

راجہ:۔ (نگارِ وأیتھ)

آڈر آڈر آڈر آڈر آڈر آڈر

(زورِ نگارِ وایان)

تخلیہ۔ تخلیہ۔

CUT

## SCENE NO. 3

### Sadaram's house

(Sadaram'Nagrai'Chorbatni and Totaram)

طوطِ رام:۔ سدارام! ژِ مہرا اتھا وِدل خوش۔ ژے دِیٔا وئے بہٗ نوش۔

چھورِ بٹنی:۔ اسہِ مہرا چھینٔہ سووَرِ گوژِ ربکار۔ نبا نبا...... یورنہٗ......ہی مال......

نأگرائے:۔ مُمّی! تلے ژِکرژھوپہ۔

سدارام:۔ نأگی پوٗترا! ژے ناچھے نہٗ خبر سوکم کم نگھرِ چھے کران۔

چھورِ بٹنی:۔ ترٛاہِ ترٛاہِ ترٛاہِ۔ بُمہٗ کاسان، بتھِس زأویوٗل بور کران......کأم وِنتس تورِ چھے پلہٗ پیٹھ پُنٔز ہش اگادِ گرٛھان۔ نبا پوٗترا یورنہٗ۔

طوطِ رام:۔ دۆپمو مہرا یہِ مہٗ وٗنو۔ کیس مہرا گرٛھِ ونأئی۔ اتھ مہرا چھے

چال چلاوٕنۍ۔

نأگی رائے:۔ توٚہی اِنسان کِیازِ اکھأ کِس دھوکھٕ دِوان۔

طوطٕ رام:۔ ژٕ کرساگوٚ براژھوپہٕ۔ وٕنہِ چھُے پڑاژن دوٕدلوٗرے۔ ژٕ کیٛازانک مُقدِمہٕ۔ پکٕومہرا سداارام۔ گرٕ وِیتھ کاکدس نیوٚٹھ۔

چھورٕ بٹنۍ:۔ بہٕ مہرا کروٕ توٚہی خوش۔ مگر یہِ بلہٕ وِپر گرٕژھِ خٕجل گرٕژھُن۔ اپرٕی پیرٕی گرٕژھبس وٕسنۍ۔

طوطٕ رام:۔ بھابی! پُشرأ وِمہرا توٚہی دَلیس۔ بھوٚنجن برن۔

سدارام:۔ دوٗ پیمے وٕتھ چاپہِ کھوسا بناو۔ کِنہٕ کتھوٕستی تھاوٕہن وکیل صأب رأضی۔

چھورٕ بٹنۍ:۔ دوٕ ہے روٗزٕ ے یڈ پتہٕ۔

طوطٕ رام:۔ نَہ بی بھابی تہٕ أخر چھِ یڈ باپتھے سورٕے کران۔

سدارام:۔ وٕنتس...... یہِ مہرا گیہِ کتھل۔ ہٹیوٚک وٕنڈِ وٕرتھ نٕچ دِیوٕنہٕ ترٕلیش

نأگی رائے:۔ وٕتھِو مہرا طوطٕ رام جی أژِو اندر۔ بہٕ مہرا انوٕ گلی چہِ ٹِکہِ کاںڈرس نِش۔

طوطٕ رام:۔ یہِ ماچھُ لالہٕ لکھمُن ٹِکہٕ کانڈُر۔ بُمن گوٚژھن گُنے گنڈ......

سدارام:۔ سہٕ مُہرا گوکولہٕ گوم۔ یہِ گو بلہٕ پوٗر۔

طوطٕ رام:۔ بلہٕ پوٗر بلاے دوٗر۔ وٕتھو مہرا......

Both enter the house

## SCENE NO. 4

Court of King.Everyone present.

راجہِ :۔ اسہِ چھُ أبی ؤسیلن ہٕنزِ اولودگی پیٹھ تشویش۔

سأری:۔ بےشک بےشک۔

دربأری :۔ یتھٕمن آب تتھٕمن خوداے۔ گونمات چھُ فورماوان
آبہٕ نِشہِ آب دژ اوآپے چھُ سورُے
آپے چھُ صاحبِ تاج............

سأری:۔ واہ واہ۔ سُبحانَ اللہ۔

گونٛدرام:۔ عالی جاہ! تأریخ چھےٚ گواہ کہِ یوٚ تام نأگی راے ناگن کولن جھیلن تہٕ آرن رأچھاوس۔ توٚ تام أس نہٕ کانٛہہ اولودگی۔

طوطہٕ رام:۔ اور یُتھُے أمی ڈُنگ دِژ۔ تِتھُے نیٚون سورُے ژھوٹہٕ بزٕ گرِتھ پانہٕ دژ اوتوَے تھأوِن أسی ستِمن لأرِتھ۔

راجہٕ :۔ نأ گی راے! ژےٚ کیاژھےٚ پننہٕ صفأیٔی منز ونن؟

نأ گی راے:۔ رازن! توہِ چھےٚ خبر کہِ بہ پھُسنہٕ یمہٕ بتراَژ ہُند۔ بہ چھُس تل پاتالک۔ مےٚ چھُنہٕ یمہٕ بتراَژ ہند بن اِنسانن ہندی پاٗٹھی اپز ونن تگان، بوہتان تگان۔

طوطہٕ رام:۔ ہَیاشڈ یول کاسٹا اَسی چھا اپزیأرٕ۔

گوٚنڈ رام:۔ عالی جاہ! سرہٕ شری طوطہٕ رام چھُ نأ گی رأیس ایمان کران۔

طوطہٕ رام:۔ اے اِنصاف کرن والہِ رازٕ! یہِ نأ گی راے چھُ ژکہِ أندرٕ ہُمل، خودغرض تہٕ مغرور...... پانس دِہٕ ژن تل پاتال ژھبپ۔ ہِ مال بچاۓرٔ کرٕن ہایہ تہٕ ضایہ۔

پنڈِت:۔ سری رام سری رام۔

گوٚنڈ رام:۔ عالی جاہ! میٚون یہِ مِسٹر طوطہٕ رام چھُ ہِ مالہِ ...... ہیروئین بناۓوِتھ پیش کران۔ ہِ مال محض اکھ فأشن زد شہزأد۔ سو کیا زانہٕ دِل کیا گو۔ تس کیا خبر چھےٚ زِ حقِ خودأیس کُس آدر چھُ کرُن آسان۔ اگر تس تیمس نأ گی راے سُند پریم آسہے۔ سو ماونہٕ ہے اُمس مےٚ ہاوذات۔

راجہٕ :۔ مُقدِمہ چھُ عجیب موڑس منز۔ نأ گی راے؟ ژٕ ون ہِ مالہِ مُتلِق کیٛتھہ یُتھ اَسی اِنصاف کرو۔

نأ گی راے:۔ رازن! ہِ مال چھےٚ ازتہٕ میانہٕ دِلُک قرار۔ تس تہٕ اوس

مئیون تیؤ تھُے سڑ بہہ یتھ مےٚ اوس......مگر سانئن شُتر بن آو نہٕ خوش ۔ تمو ڈأج ہی مال ......تمو دِیُتٚ لتس بڑٕم لولس دِتنگ ژھئن......

Defocus

CUT

## SCENE NO. 5

Camera focuses on flowers.HEEMAL in her garden.Her servents and an old age lady also there

کڑ اُج:۔ ویسی! ژےّ چھُے پھوٖلؤن ڈبکۂ، اسۂ وُن دہانۂ۔ژےّ کیٹا چھُے ناو......

ہی مال:۔ مےٚ چھُ ناو ہی مال۔

کڑ اُج:۔ ہی مال..........

گوٗیہے چھےٚ (inner voice Audio only)

......یوٖ ہے چھُ موقۂ یہِ وتہِ نِش ڈالنگ......یوٚ تام نۂ یہِ ڈلہِ۔نائ گر راے ییہ نۂ تل پاتال واپس۔

ہی مال:۔ ویسی! ژٕ کیہے سوٗنچان۔

کرٕ أج:۔ ہَتے لُچھے ماس بلایہِ۔ سونٛچان ہے چھبس پانہٕ چھکھ پرٕشاہ سوٗندر، خانہٕ دار، کیوٗتھ آسی۔ تس رٕکہے چھے ناو۔

ہی مال:۔ سہٕ ہے چھُ میانہِ کھوتہٕ سوٗندر۔ تس ناو ناگ راے۔ تل پاتالُک شہزادٕ......

کرٕ أج:۔ ناگ راے............ نہٕ بی نہٕ بی......ناگ راے آسی نہٕ ناگ واتُل آسی۔

ہی مال:۔ (زورٕ ژکھ سان) کرٕ أج ما آسی۔

کرٕ أج:۔ پوٗز چھنا ٹیوٗٹھ...... برداش ماگوٗے۔ ووٗنی اگر نہٕ میٛون یہان چھے دپتس مے ہاوزات...... تٕتی تٔتی پوٗز تہٕ اپزٕ...... اگر میٲنی گور چھکھ أزی وٗنی زبس مے ہاوزات۔ سہٕ چھے چھٕہرٕ واتُل، اپزٕ یور، فند باز، دغاباز............

ہی مال:۔ (کنن پیٹھ اتھٕ تھاوان)

Defocus

Focus to scene no 4

ناگ راے:۔ دُشمنن آو نہٕ سون لول خوش۔ ذات اگرٕ چھنٕ چھے......

گوندرام:۔ ذات وٕچھتو دزوگ فروشن۔ ذات وٕچھتو رٔشوٕ خورن ذات وٕچھتو تمن یمو سأنی ناگ، جھیل تہٕ ڈری یاونٛجل گری......

سأری:۔ Shame......Shame ............

راجہِ :۔ آڈر آڈر آڈر۔

معزز حاضرینِ دربار! اسہِ ئُج بوچھِ ۔توہِ چھےٚ خبر کہِ خأَلی مِیاد چھینہٕ اسہِ کتھٕ پلہِ پہوان۔ اِسلئے گیہِ لنٛچ بریک۔

پنڈِت:۔ آے تہٕ بتہٕ۔

راجہِ :۔ تخلیہ

CUT

## SCENE NO. 6

Three clowns singing and dancing enter the frame

بۆڈمسخر:۔ ہالکیو تہٕ لکیو میانہِ خودایو.......... ہَیا چھوا وٕ چھان۔ ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ کانٛہہ نوزُک مسلہٕ بُتھِ آو۔ سانٛبن راجن مہاراجن پیٚیہِ یڈیاد......

مسخرا:۔ ہتا کاکہَ کوتاہ چھُکھ ژٕ نادان۔ یئڈ باپتھے چھُ کأم کارکران اِنسان۔ یڈنے آسہِ سوٗرے گرٛشھِ اویزان......

مسخر۲:۔ توٚے چھنا دانا ہووٕ نمُت۔ یڈ دگ گیہِ بڈ دگ۔

بۆڈمسخر:۔ اَسے یوت رِکیاز ژِ کھۄ یڈا اٹبارِ۔ لڑکہٕ نیرِ پاس تہٕ یڈ۔ خاندر آسہِ تہٕ یڈ۔ نِشانٛی آسہِ تہٕ یڈ۔ کانٛہہ مرِ تہٕ یڈ۔ کانٛہہ زیٛوِ تہٕ یڈ۔

مسخر۲:۔ کاکاچھیایاد۔ییلہِ تیمِس خاندرکوٚرپتہٕ کیاروٗن؟

بوٚڈمسخر:۔ خبرمےٚ چھنہٕ یاد......

مسخر۲:۔ بوز واَنی جہِ ہنٛد بوگنو۔

ڈایہِ خاَررٕنی ژامن تاَے ہو چٹہٕ اسہِ گرِی ناٹن

چانٹھن اسہِ موٚت دوہے ژرون تاَے اَسی رٕٹی واژٕ وانن

رن مِیانہِ یاروا َسی رٕٹی واژٕ وانن

بوٚڈمسخر:۔ (بأنسہٕ ستی لایان) صِرف چھیوٚیڈ ہنٛز فِکر۔

مسخر ا:۔ کاکا! ییلہِ راجس بوچھ لٔج اسہِ لگہِ نا۔

بوٚڈمسخر:۔ راجس چھےٚ ہتھ پریشأنیہِ۔ ژےٚ کُس غم چھےٚ واَنی جہِ۔

مسخر ا:۔ دَپان ہاچھس اُمس نأگی رایس کیابنہِ۔

مسخر۲:۔ ہی مال بچأر کوٚت گژھِ۔

بوٚڈمسخر:۔ توہِ رِکیازِیُوتاہ ٹبن شبن۔

دوشوے:۔ گوٚژھنا آسُن۔

بوٚڈمسخر:۔ مابرِوغم وِنہِ نادِیوٚت نہٕ راجن فأصلہٕ۔

دوشوے:۔ مگر کیازِ۔

بوٚڈمسخر:۔ تِکیازِ:

پأتھر چھُ جأری منٛز مارکن تے

تی وۄن مےٚ نأگی راین

ہِی مالہِ بانہٕ ہۆتھۍ مٔلی کرٕ اجن تے

تی بۆ زسأنی راجن

پأتھر چھُ جأری منز مارکن تے

تی وۆن مےٚ نأگی راین

CUT

End of episode.

مسخر۲:۔ کا کا چھُیا یاد۔ ییٖلہٕ تیمِس خاندر کوٚر پتہٕ کیٛا رٕو ن؟

بوٚ ڈمسخر:۔ خبر مےٚ چھُنہٕ یاد......

مسخر۲:۔ بوز وأنی جہِ ہنٛد بوگنو۔

ڈایہِ خأرٕ رٕنی ژامن تأے ہو چٕھ اسہِ گٔری ناٹن

چانٹھن اسہِ موٚت دوہے ژرون تأے أسی رٕڈی واژِ وانن

رن مِیانہٕ یاروأسی رٕڈی واژِ وانن

بوٚ ڈمسخر:۔ (بأنسہٕ ستی لایان) صِرف چھُیٛڈ ہنٛز فِکر۔

مسخر ا:۔ کا کا! ییٖلہِ راجس بوچھِ لٔج اسہِ لگہِ نا۔

بوٚ ڈمسخر:۔ راجس چھےٚ ہتھ پریشأنیہِ۔ ژےٚ کُس غم چھے وأنی جہِ۔

مسخر ا:۔ دَپان ہا چھُس أمِس نأگی رایس کیٛا بنہٕ۔

مسخر۲:۔ ہی مال بچأر کوٚت گژھِ۔

بوٚ ڈمسخر:۔ توہِ رِکیٛا زِ یُو تاہ ٹین شبن۔

دوشوے:۔ گوٚ ژھ نا آسُن۔

بوٚ ڈمسخر:۔ مائرِ وغم وِنہٕ نادِیوٚت نہٕ راجن فأصلہٕ۔

دوشوے:۔ مگر کیٛا زِ۔

بوٚ ڈمسخر:۔ تِکیٛازِ :

پأتھر چھُ جأری منٛز مارکن تے

تی وٕون مےٚ نأگی راین

ہی مالہِ بانۂ ہیٔتھی مئلو کرڑاجن تے

تی بۂ زسائیٔ راجن

پائٔ تھر چھُ جائری مشز مارکن تے

تی وۋن مےٛ نائٔ گی راین

CUT

End of episode.

کأشرِ لکہٕ فارمہِ منز ''اَسن ترٛایہِ''

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط...........٦

تحریر:. غلام علی مجبوٗر واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژوڑ ربڈگوم کشمیر

# کِردار

۱۔ راجہ

۲۔ درباری

۳۔ پنڈِت

۴۔ ہی مال

۵۔ ناگی رائے

۶۔ سدارام

۷۔ چھورِبٹی

۸۔ طوطِ رام

۹۔ گونڈرام

۱۰۔ چوبدار

۱۱۔ مسخرا

۱۲۔ مسخرہ۲

۱۳۔ بوڑ مسخرہ

۱۴۔ گبون والی

۱۵۔ واین والی

۱۶۔ نژن والی

۱۷۔ ڈل جھیل

۱۸۔ باقی حسبِ ضرورت

## EPISODE 6

## SCENE NO 1

Old age clown weeping bitterly.Two young clowns trying to Keep him quiet

بۆڈمسخر:۔ (پانس پتھر لأیتھ) ہالکیوٚ تہٕ لکیوٚ میانہِ خوداییو

مسخر ا:۔ ہَیا کا کا ! وٗدی وٗدی ہاگییہ أچھ کانہِ۔تلہٕ ژھوپہٕ کر۔کتھ پیٹھ کاکو چھُکھ ژٕ وُدان۔پننے أچھ ہا چھے کانہِ گژھان۔

بۆڈمسخر:۔ بہٕ نا کرے نہٕ ژھوپہٕ۔

مسخر۲:۔ واہی میانہِ بھگوانہِ یِکھنا پانہٕ تہٕ سمجھاوہَن یہِ سون یارِ جانانہٕ۔

بۆڈمسخر:۔ بہٕ مارے پان تی گژھِ جان ہا ویٚسی یے۔(پان لرِ ترٛاوان)

دوٚشوے جوان مسخر:۔ ژٕ کتھُو پیٹھ از روٚٹک ودُن کاکوَن کاکہٕ لالووَن

1

بوڈمسخر:۔ ہتا مے جگرس چھُم آمہِ تاو یہِ اِنسان ظالم دڑاو لوگمُت چھُن پاٹڑ ألی کاو (سخ ودان)

دوشوے:۔ ذُتھ ؤتھ مسخرِ سانے پأتھر ژلاگ تو گوسانے

بوڈمسخر:۔

مے ناپأتھر چھُنہِ کرُنیے لو

چھُم ہا بہتر زِندے مرُنیے لو

دوشوے:۔ مرن چأنی دُشمن۔ خبر کمی ئری کن۔ تلا یوری انتن۔ دگس نس ژلس کن۔

بوڈمسخر:۔ واہ ...... ہتا مے نا لوے نہِ کأنسہِ۔مے ہا وُچھ خاب......

دوشوے:۔ خاب۔ خابس منز ماوُچھت عالمِ آب۔

بوڈمسخر:۔ ہیا مے ماگرِ وقصہِ خأنی...... گرِ ژھ وُو میأنو اچھو نشہِ دوُر۔ (روشان)

دوشوے:۔ کاکہِ مو روش اسہِ مو روش

پوش ہو لاگوے ووزِ ألیے لو

مسخر ا:۔ سفید پوش لاگے

لیڈری پوش لاگے

نُنہِ پوش لاگے

تِلہٕ پوش لاگے

ہَتا نقد پوش لاگے وزاٗ لیے لو

بۄڑ مسخر:۔ واہ ...... طماہ، لاٗلچ تہٕ منگہٕ منگ

یمے گے نفسکی جنگ

بہٕ آمُت چھس سبٹھاہ تنگ

مسخر ا:۔ کاکاژ ے پچھے ییمے پاٗتھرُک قسم۔ ژون ژے کیاہ چھتھ خاب۔

دوشوے:۔ اَسی ونوے جواب۔

بۄڑ مسخر:۔ خابس منز ؤ چھم سو بادام واٗر اچھ داٗر۔

دوشوے:۔ ہَتا خودایا۔ بیہ؟

بۄڑ مسخر:۔ سو ئے ؤ چھم ودان، رِوان تہٕ بارو دِوان۔ دپان مے کیاہ خطا اوس بہ گاٹجو ہس۔

دوشوے:۔ (ودان) پزر پزر۔ تہٕ بیہ؟

بۄڑ مسخر:۔ بیہ ؤ چھم آنچار۔

دوشوے:۔ ہاں آنچار۔ مِیاٰنہِ ماژہ کیو ے۔

بۄڑ مسخر:۔ سہ آنچار نا۔ آنچاٗری سر۔ خوشحال سر، وولرتہٕ مانسبل۔ بڑ وُنٹھ بڑ وُنٹھ اوسک ڈل تہٕ پتہٕ پتہٕ ساٗری لوٗکٕٹ بۄڈی ناگ۔

دوشوے:۔ تاٗجب چھُ۔ کیاہ اَسی ونان؟

بۆ ڈمسخر:۔ واہی ۔ بارودِوان تہٕ وذان...... دپان أسی اسہِ چھُ اِنسان رتس زاگان ۔ جاذِ اوس ڈل پان ماران ۔ سہٕ اوس ونان ۔

Cut to Dal lake (scene no. 2)An old age man with torn clothes mudand grass

Wagov(mat)and polythene bags singing.

ڈل:۔

چاۄنی غفلتن زولنم سینے ہاکائشر یٔوعار میٔون یِی نے

ڈل بہٕ چھُس ناچون أئینے ہاکائشر یٔوعار میٔون یِی نے

آیہِ بلاے اتھ پالہِ تھپِنس یوہے پھٕھلیٔو بینس بینس

ژھوٹہٕ ئری گۓ کم نازنِینے ہاکائشر یٔوعار میٔون یِی نے

Shorts of some other lakes and Jehlum.

Back to scene no.1

ترِیشوے مسخر:۔ اتھ چھُ کرُن روک تھام ۔اِد بنوٚ أسی نیک نام۔

مسخر ا:۔ ناگہٕ راد کولہٕ تہٕ سر چھِ سائنی شوب ۔اگر یم راون۔

باقی مسخر:۔ سہٕ گوبۄڈ تاون۔

مسخر ا:۔ دُشمنن تہٕ بدخواہن۔

بۄڈ مسخر:۔ ہالگیو تہٕ لگیو میٲنہِ...... میٲنہِ...... میٲنہِ خودایو۔

دوشوے:۔ کاکا، کھوزِ؟

بۄڈ مسخر:۔ ہَیا گوٚوا عقلہِ ناش ۔پأتھر چھِنا کرُن۔

دوشوے:۔ پأتھر چھُ جأری منز مارکن تے

أسی رٔژِ چأنی خابن

بن بار صاحبو

أسی رٔژِ چأنی خابن

All the three dancing.

SURNAIE DHUN

CUT

## SCENE NO. 2

Heemal's lawyer with Sadaram and Chorbatni.

طوطٕ رام:۔ بوزُ مہرا سدارام جی! گونٛڈٕ جُونٛن کتھن کُن مہ گرٕٔشِھو توٚہی۔
لتس چھُ وَننُے۔ بہٕ چھُس پانہٕ امے کارُک۔ ویسے پزٕ ہے
نہٕ مےٚ وُنن۔ أسی وکیل چھِنہٕ کأنٛسہِ ونان زٕ ہارکھ۔ پتہٕ
کانٛہہ ہارِیا زینہِ۔ أسی چھِ پننہِ روپیہِ دہ ۱۰ وٹان۔

سدارام:۔ بہٕ مہرا چھُس دپان کرے تہٕ کرٕ کیٛاہ۔ یہِ مہرا چھُم نہٕ
زٕ کتھٕ مانان۔

چھورٕ بٹنٕز:۔ نہ بانہ با طوطٕ جُوا۔ امہِ ورأے.........میأنِس نأگر
رائیس ہے دَہ گرٕ ہتھ ہن۔ کال چھاےٚ نبا چھینہٕ پٕشھ
نوش بکار......

طوطہ رام:۔ بھابی کتھ ہمی اَز سنان۔ ہی مال چھے راز گرچ کوٗر۔ یہ تتہِ بنی تہ بنی نہ بیہ گرمژ۔

سدارام:۔ تی ونتہ اَمس۔

چھورٕ بٹنی۔ کیاہ ونم مے چھینا خبر......

ہی مأِلی بتہ رنی تہ مے تگی نہ

ہی مأِلی چاے کری تہ بہٕ زانے نہ

لوٗن ڈوٗن تمہِ نش چھس نجاتھے

طوطہ رام:۔ بھابی یِہ ژھنے نوشن چھُ داج آسان۔ توہی گری تو راضی نامہ۔ اکہِ طرفہ گرِو توہی صلاح تہ بیٚیہ طرفہ واتی ژے دون ٹرکن منز داج..........راج ہمی کرکھ راج۔

چھورٕ بٹنی:۔ تہِ ہبا اوس ٹھیک مگر بتہ گس رنم۔

طوطہ رام:۔ موہنیو ہمی سوزنا وے تورے۔

چھورٕ بٹنی:۔ لِو ڈوِ گس۔

سدارام:۔ بہٕ موٗ دسا..........دوٗم مہر انقد کوتاہ ہیٚو دِن۔

طوطہ رام:۔ ویسے گرنہ سو کتھ مے راز بلہ ویرس ستی۔ مگر توتہِ چھنہ پرواے۔ روپیہ لچھ دیا وے بہ۔

چھورٕ بٹنی:۔ کرباژھوپہ۔ سہ ہبا گویزمن بابہِ نس وتھرنس۔

طوطہ رام:۔ چلو ڈوڈ لچھ۔

چھوٗرٕ بٹنی :۔ سہٕ گونٲ گی رالیس اتھٕ پٹھراونس۔

طوطٕ رام :۔ تیٖلہِ گۓ برابرٕ ز لچھ۔

سدارام :۔ تم گۓ مےٚ لونس ڈونس تہٕ بتہٕ رننس۔ چھا ٹھیک۔

چھوٗرٕ بٹنی :۔ واہ میانٲ پاپہٕ کرم۔ کرٕ ژھوٗپہٕ۔

بوزبا ! گیس دان، فین ژور، پرٚ بشر ککر، فرِج زٕ، کلرٹی
وی ترٚے، وی سی آر، ٹو کار، سونہٕ ہار، موختہٕ تہٕ نقد دِیار
اگر اتھ پیٹھ چھےٚ تہٕ تیٖلہِ انون أسی نوش۔ نتہٕ تم تہٕ
پانس تہٕ أسی تہٕ پانس۔ نہٕ واتن کینہہ تہٕ نہٕ واتوک کینہہ۔

طوطٕ رام :۔ بھابی! مان ژٕ یم ساری چیز گۓ ژٕ ے وأتی ہتی ووٚنی چھ
صِرف راجس نش رأضی نامہٕ ژٲنُن۔

سدارام :۔ سوٗ گیہِ چأنی کأم۔

چھوٗرٕ بٹنی :۔ مُقدِمہٕ تہٕ چھوٗتو ہے کوٚرمُت تہٕ موکلاوُن تہٕ چھوٗتو ہے۔

طوطٕ رام :۔ ہے تہٕ مَسا بُرو توٗہی پرواے۔ پُترٲ وِ سا
بھگوانس۔ مأج بھگوتی کرِ رژٕرے۔

Takes out some papers .

صِرف چھوٗ کینژھن کاکدن نِیٹھ کرُن۔

چھوٗرٕ بٹنی :۔ دوٗ پہے مہرا! ژٕ ما کھا لکھاسہِ ژھٔری ہے پیٹھ بوٗ ٹھ۔

طوطٕ رام :۔ ژٕ اہ مام ترٕ اہ مام۔ ہتہٕ بی بھابی ! دیوی پتھ ہٕمی مےٚ

ژُہنژِ ے دگ ۔ سفید پوش چھِو ۔ تم ہَی چھِ راز ۔ تمن کیاہ
واو چھُکھ ۔ یہِ نے مےٚ ننڈ لال ونہِ ہے ۔ بہٕ نابی
ژٕھنہو ونہٕ تھوکھ ۔

Getting up.

چھُوٚ صلاح تہٕ کَری تو، چھُوٚ نےتہٕ بہٕ دژاس ۔

چھوٚرِ بٹنی :- نہ با ناراض مہٕ گژھ ۔ تہِ کیتہِ ووٚنُے مےٚ ۔ پک با اژ با
اندر ۔ کرو ہَبانیوٚ ٹھ ۔

cut

## SCENE NO. 3

Court of King.everyone present in the court.

چوبدار:۔ سرکار نأگرائے پِسر پروردہٕ سدارام بلہٕ پورٕشُپین۔

سرکار نأگرائے پِسر پروردہٕ سدارام بلہٕ پورٕشُپین۔

سدارام:۔ حأضیر رازن! بہٕ چھُس حأضیر۔

راجہِ:۔ سدارام...........؟

سدارام:۔ حُکم رازن۔

راجہِ:۔ نأگرائے کتہِ چھے؟

سدارام:۔ رازن! سہٕ چھُ نیشہِ بۄ دشُر۔سہٕ کیٚاونہِ۔

دربأری:۔ پنڈِت چأنِٹ سانگ وِچھِ اسہِ سأری۔سِیوٚ دسِیوٚ دِ کتھَن جواب ڈٕلی کاومہِ لاگ۔

سدارام:۔ رازن! سہٕ تہِ چھُ پیٚتی۔

راجہ :- پنڈِت سدارام! چانس منگتہٕ نٟچوس پیٹھ چھُ اِلزام زِ تمی گٔری سأنی اُبی ؤسیلہٕ اولوِد۔ناگ ، سر ،کولہٕ تہٕ ڈٔری یا وتمام گٔے ژھوٹہٕ بُزی۔

سدارام:- رازن! جان بخشی ہے آسم۔ بہٕ کرہٕ عرض۔

راجہ :- ون کیا چھے وُنن۔

سدارام:- عالی جاہ! بہٕ تہٕ راز بلہٕ وپر چھِ سۅنی سۅنی۔یا نے بأے بارِنی۔ اگر شُر بو سانو اتُر کۅر۔تتھ گیہ مأنی۔شُری تہٕ سأنی.........نہ بنہٕ شُر مارُن تہٕ نہٕ کۅٹ ژٹُن۔

پنڈِت :- مولہ سیوٚد ونساچون مطلب کیا چھُ۔

طوطہٕ رام:- عالی جاہ! مطلب چھُ صاف زِ یمو دۅشوٕیو دربو کۅر پانہٕ وأنی راضی نامہٕ۔سدارام نیہِ ہی مالہِ گرہٕ۔ماملہٕ ختم۔

پنڈِت :- لۅٹ آسہِ ......مولا!تیوت نساسرٕ وگیو ونہٕ ؤنہِ اِنصاف۔

گوندرام:- کیا مطلب؟

پنڈِت :- مولہ اسہِ تے رتھا گو یہِ تھٕنز دأدی کانگر بوزان۔سون خرچ دِیا تھند بب۔

راجہ :- پنڈِت پریم کول......؟(راجس سخت شرارت کھسان)

پنڈِت :- رحم رازن رحم۔

راجہ :- (راجس سخ شرارت کھسان تہٕ تھوٚ دٔ تھان)مُقدمہ چھ

سانہ پأتھرٕ کس عدالتس منز۔اسہِ چھُ تیٚمے پأتھرٕ ک قسم۔مُقدِمس دِمو فأصلہٕ أسی۔صِرف أسی۔یمن ون یم کم گٔے پانٔے رأضی نامہٕ کرن وألی۔چوبدار..........؟

چوبدار:۔ حُکم سرکار۔

راجہِ:۔ یٖمہِ مُقدِمکی دوشوے وکیل کٔری ووکھ داروغِ زِندانس حوالہٕ......

سأری:۔ رحم عالم پناہ!رحم۔

پنڈِت:۔ مولا!یہِ رحم کیٛتھ سأگیہِ۔بہٕ کونہٕ زانن۔

راجہِ:۔ اسہِ واتنأوُ پننو خاص اہلکارو خبر کہِ یم دوشوے وکیل چھِ داجِک لین دین کٔرِتھ یہِ مُقدِمہٕ خأرِج کرنس پیٹھ آمٕتی۔مگر..........أسی دِمونہٕ تہِ سپدنہٕ۔

سأری:۔ مرحبا عالم پناہ!مرحبا۔

راجہِ:۔ اور تمام کورِ مألی تہٕ گوٚبرٕ مألی بوٗزِوکن دأرِتھ! یتھ رِشتس لین دینس پیٹھ بنیاد آسہِ سہٕ چھُنہٕ اند واتان۔

پنڈِت:۔ آے تہٕ بتہٕ۔رِنکھ سا مولا یم دڑال۔گرٛبٹہٕ لاگی زبکھ۔

Chobdar takes the lawyers out.

راجہِ:۔ نأگی رائے......؟

نأگی رائے:۔ داس چھُ حأضر رازن۔

راجہ :۔ ہی مال......؟

ہی مال :۔ دأسی چھےٚ حأضِر رازن۔

راجہِ :۔ یپأرِ بۄ زِو......یہِ ذات پات یہِ داج......یم فأشن تہٕ یم بد رسم ترٛأوِو۔یہِ چھےٚ ۲۱ ہم صدی۔اِنسانن ہنٛدی پأٹھی لٔسو بٔسو........

ہِأگرأے :۔ اے اِنصاف کہِ راز۔بہٕ چھُس پانہٕ داجس خلاف۔مگر کرِ کیٛاہ گرٕ چھُم نہ چلان۔بےکار چھُس نا۔

ہی مال :۔ رازن! بہٕ تہِ چھُس نہٕ ذات پات مانان۔مگر مول چھُم تُہنٛدی پأٹھی راز۔تس چھےٚ راز ژھنگ۔

راجہِ :۔ ہینٛگ پرٛأٹس ہینٛگ۔

پنٛڈِت :۔ آے تہٕ بتہٕ۔

راجہِ :۔ بۄ زِو سانہِ اِنصافُک فأصلہٕ۔

سأرِی :۔ اِرشاد اِرشاد۔

راجہِ :۔ تمام کِردار۔فبرن ، بیزار تہٕ دستار۔

پنٛڈِت :۔ رازن! دُشمن شُترن ماڈٕلی وِتوٗ ہی۔

راجہِ :۔ خاموش پنٛڈِت۔

پنٛڈِت :۔ آے تہٕ بتہٕ۔

راجہِ :۔ تمام کِردار۔فبرن ، بیزارتہٕ دستار ہکبن بدِلتھ۔مگر سون فأصلہٕ نہ بدلیوٕ نہٕ بدلہِ۔سون حُکم چھُ ،سون فورمان چھ ُنأ گی راے گوتمام ناگن، کولن، سرن تہٕ یارٕ بلن واچنٕ کم پژزروَر۔

سأری:۔ مُبارک مُبارک مُبارک ۔

راجہِ :۔ تا کہِ سون گو نمات ونہِ بیہ:

ناگن کولن تہٕ آرن

دِیوٚت جوش نو بہارن

راجہِ :۔ اوربی مال گیہِ آنگن واڑِیٕ ؤرکر......

یُتھ سأنی ینہٕ واجینٕی پِی ذات پات تہٕ داج ہیِوٚ بدرَسموٕ نشہِ دُور روزِ۔

درباریو............؟

سأری:۔ حُکم عالم پناہ۔

راجہِ :۔ بی مال تہٕ نأ گی راے باعزت سرکأری اہلِکار بننس پتھ گرِوجشن مناونک اہتمام۔

سأری:۔ ضرورعالی جاہ !ضرور۔

پنڈِت:۔ چوبدار......؟

چوبدار:۔ حُکم سرکار۔

پنڈِت:۔ بُلاؤ کھ سا فنکار۔ دیکھ واُ پو تار۔

چوبدار:۔ بہتر سرکار۔

سرکار فنکار باپتِ دربار

SURNAI DHUH

ہی مال ئا گو راے گے سرکاری

Bhand dance with clowns and all others

Cut

End of epysode

کأشِر لُکہِ فارمہِ منز ''اَسَن ترٲیہِ''

# لُکہِ پٲتھر

# پٲتھر چھُ جأری

قسط............۷

تحریر :۔ غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب :۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلِشر :۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑُ ربڈگوم کشمیر

# EPISODE NO.7

## کِردار

۱۔ مسخرہ ۱

۲۔ مسخرہ۲

۳۔ عمہٕ گور گاٗمی گور

۴۔ نژن واٗلی ۳

۵۔ راجہِ

۶۔ دربارٕ

۷۔ پنڈِت

۸۔ چوبدار ۳

۹۔ صوفیانہٕ سازندر جمات

۱۰۔ پٹھوأری

۱۱۔ موقدم

۱۲۔ جمالِ خان فرہادُن مول

۱۳۔ سورنے جمات

۱۴۔ باقی نفر حسبِ ضرورت

۱۵۔ دربأری

## SCENE MO. 1

Pather begins with Surnai Vaad. Three Surnai players, A Dhole and Naqara. Two Clowns and two dancers enter the Pather -A bit of dance.

ژنِ وول:۔ ولہٕ سا ہے مسخرا ان بخشائیٚش۔

مسخر ا:۔ دِل کوٚرُتھ خوش۔ خوداتھاوی نے ژٕٕے تہٕ خوش۔

ژنِ وول ۲: ہے ازنسا چلی نہٕ ژھوٚ رُ ے بھانڈٕ دعاے خاًر............

مسخر ۲:۔ ہے ژٕٕے کُمی دۄ پنے دعاًخاًرس پیٹھ چلاوُن۔ ژٕ ہسا کرناوتھ بہٕ عاًش۔

مسخر ۲:۔ مگرمزٕ و رۄستےٚ۔

مسخر ۲:۔ گرنے تھف۔ہَیا مےٚ چھُ از گوڈے اِنتظام

تھوومُت ۔ مےٓ ہاپھےٓ عمہٗ گوٗرِس اوترے سَے گرہ مِڑ ۔ سہٗ

ہا آسہٖ پکان۔

مسخر ا:۔ اچھّا۔

مسخر ۲:۔ آ۔تیلہٖ کم دوہ رہٗ دی ۔کرسنا شروع۔

دوشوے:۔ بچہٖ کٹھن أسی دِمو اوم دود چوٗنیے
پأتھر اسہٖ چھُ لاگُنیے لو

مسخر ا:۔ ہَیا عمہٖ گورِیا ہو..........
کوٗتُو گوکھ غآب عما ہو.......
عمہٖ گورِیا ہو.......

مسخر۲:۔ فرہادٗنی ڈلیل..........آ۔شیرین فرہاد۔فرہاد شیرین۔

Cut to song.

ڈلیلن مژ مےٓ ووٗن فرہادلوٗکو دُگانہٖ

Milkman enters with milk pots.

عمہٖ گوٗر:۔ دود ہاپھو ہو......دود ہاپھو ہو.......

دوشوے:۔ ہَیا دود کوٗرنا دُشمنن بد خواہن۔ پکہٗ بڑ وٹھ چاوکھُ نوم
دود.......

عمہٖ گوٗر:۔ عأشا گرِتھ......رٗ بوحض چیٖیو......

بچہٖ کوٗٹ:۔ تھوٗ تھوٗ تھوٗ تھوٗ ۔یہٖ چھا دود رکنہٖ تمبرِ شرٕ۔

عمہٕ گۆر:۔ ژےٚ ہَسا آسی زبو پھٕمبٕژ...... تہٕ چھے یہ موٗ دُر۔

بچہِ کوٚٹ:۔ ہَیا یارٕ ژہ کبر گۆیو وأسی تھے۔ یہِ ہا چھُ تَیوتاہ توٚن، پرأ ژو مٔنزی چھُ ژلان۔

دوٗشوے مسخر:۔ کیاہ؟ توٚن تہِ تہٕ ژوٚک تہٕ۔

بچہِ کوٚٹ:۔ توٚن نسادپ آہٕ آب۔

عمہٕ گۆر:۔ ہے یہِ ہَسا چھُ شرمدار۔ پأتھرٕ وچھِت گوشرمہٕ ستی آبٕ آب۔

دوٗشوے مسخر:۔ شرمدارٕ لگیو تہٕ دودو

کمہِ شرٕ گوٚلکھو تہٕ دودو

سوڈرٕ کمو تژ أوِ ے دودو

پوڈر کتہِ آیِ تہٕ دودو

عمہٕ گۆر:۔ ہر چند دود چھُم جان مے ماکینہٕ تہٕ خبر چھم

بچہِ کٔژ دوٗشوے:۔ ہے مسخرا! اسہِ گئے تسلا۔ ہوتو ہی أسی دژاے۔

دوٗشوے مسخر:۔ ہائے ہائے ہائے ۔

عما !ونی چھے سونے قسم ژٕ کتھ کولہِ منز چھِہن سوٹینہٕ گاو چاوان۔

عمہٕ گۆر:۔ کو...... کو...... کو...... کوساٹینہٕ گاو۔

مسخر ا:۔ یوسہٕ ہا دوٚدس ژٕ کوینٔل ڈنگس چھےٚ دِوان۔

عمہِ گوُر:۔ اچھّا اچھّا۔ہو گاو ہو۔

دوشوے:۔ اہنُو اہنو۔سوے ٹِینہِ گاوہا۔

عمہِ گوُر:۔ (اسان تہِ تہِ منڈ چھان تہِ) اگر بۂ ونوِ توہیٔ ماوٕنو کأنسہِ

مسخر۲:۔ نا نا چونےٗ ہوٚٹ ژٹُن نا ونو کأنسہِ۔نا تہِ ژِ گُس وو پرچھُکھ۔

ژے سانے پأتھرُک رِکردار چھُکھ۔وٕنُو وٕنُو......

عمہِ گوُر:۔ تتھ ہاونان دودھ گنگا۔

دوشوے:۔ ہاں؟ کیا گنگا؟

عمہِ گوُر:۔ دودھ گنگا ہا گو کأشری پأٹھی چھرِ کول۔

مسخر۱:۔ دودھ گنگا ...... ہیا کا کا ہیا کا کا......

مسخر۲:۔ رِکھو گوٚے

مسخر۱:۔ سہ ُ ڈلیلہِ وول اوسنا ونان فرہادٕنی ڈلیل۔

مسخر۲:۔ ہاں؟ ؟ ؟ اہنُو ونان ہے اوس (حأرأنی سان سونچان)

مسخر۱:۔ ہتا کا کو......تمیٚ اینیٚ نہٕ سودوِ کول۔

مسخر۲:۔ ہیا اہنُو اہنو أنی مِژ ہے آسِن۔

مسخر۱:۔ سودوِ کولِ کوٚت گیہِ پتہِ......؟

مسخر۲:۔ تہِ ہا آسی تیمِس پتاہ۔

عمہِ گوُر:۔ شوٹھس مارٹن نوم فرہادنہِ بدلہٕ۔پانا تھاوسا دگ۔

(Runs away)

وشوے مسخر:۔ Fallowing the milkman

عمہٕ گورِیۆ زپۆز وَ نتھٕ لولو

دودٕ کول کتہِ تھاآو تھن تے لولو

CUT

## SCENE NO. 2

Court of King.Everyone present in the court. Musician singing Soofiyanag muqam. Everyone reacting.

صوفیانہ ووستاد:۔

تُو از من، وصل از من، عید از من، قرار از من

دِل از من، دوستی از من، وفا از من، قرار از من

**چپ انداز تال**

دمہ دمہ چھُم چانٛی کل مے گنن میانہِ مدانو

ساتہ ساتہ چھُم چانٛی کل مے گنن میانہِ مدانو

یم لولہِ عشقنہِ نارِ دزن سرد سپدن نہ زانٛہہ

یوٚد آب کوثرِ پان چھلن میانہِ مدانو

راجہِ تہٕ دربارٕی :۔ آفرین آفرین۔ مرحبا مرحبا۔

راجہ:۔ پنڈِت پریم کول! ووستادن دِیِو شایانِ شان اِنامہٕ۔

پنڈت:۔ حُکمس سپد تامیل۔ Gets up

پکِو ووستاد صاحبان مےٚ ستۍ۔ Musicians Fallowing

ووستاد:۔ راجہِ صأبُن اقبال روٗزِن ہمیشہِ بُلند۔

Two clowns enter with an aplication on a sitck.

مسخر ۱،۲:۔ فٔریاد......فٔریاد......بداد......بداد......

راجہ:۔ فٔریاد؟ خوفہٕ تہٕ کھوٗژنہٕ ورأے وٗنو پنٕن فٔریاد۔

دوشوے مسخر:۔ اسہِ وِزِ وِزِ لوِیِ ناد ماگنو

گوٚے نہٕ گوشن سون فٔریاد ماگنو

گٔیہ مِلاوٹ وِچھتہٕ دانس دانس

ژوٗرژا اُمت چھُ ترٛ کرے تہٕ پرمانس

مرٛن کاٗنسہِ نا ییتہٕ چھنہٕ یاد ماگنو

گوٚے نہٕ گوشن سون فٔریاد ماگنو

راجہ:۔ دربأری......؟ (ژکھِ سان)

یہِ کیا چھِ اٚسی بوزان......؟ فٔریأدی! کتھ کِڈو گٔنڑو......

مسخر ۱:۔ اے اِنصافُک دربار لاگن والہِ ماگن راجہِ......مِلاوٹن

آپراوِغریبن غوٗرباتن یاچھِ۔دود چھُ آب ،سبزی بومِسنہٕ تہٕ رب ،توٗمُل سُر تہٕ کنہٕ ،لیڈر پچھےٚ اوٹ ،چاے وِرِ پن......کیاہ کیاہ ونے عالم پناہ۔فرہادن انے یہِ دودٕ کول۔سو کوٚت گیہ؟

مسخرا:۔ تو وِ کوٚروا زانِہ مولوم زِسو دودٕ کول کوہنذ گرٕ سیٚد ییہِ۔

پنڈِت:۔ مولا!مساوہراواٚس۔یہٕتہٕ ہسا گوسارٕنے کولن یی۔

مسخر۲:۔ روپیہ کول تہِ گیہِ تہٕنذُ ے گرٕ۔اسہِ گر

مسخرا:۔ ژھوپہٕ

مسخر۲:۔ بجلی کول تہِ نیٚو تو ہے۔اسہِ گر

مسخرا:۔ ژھوپہٕ

مسخر۲:۔ سیمٹ کول تہِ تو ہے۔ششتر کول تہِ تو ہے۔نُنہٕ گُری تہٕ تِلہٕ تلاوتہِ تو ہے۔ہَسہِ مَتنہٕ وسمتھ کھیٚیہِ وِمگر فرہاڈنی دودٕ کول تژ اوونہٕ اٚسی۔

(کریکھ دِتھ وَنان)دودٕکول کو......

مسخرا:۔ بۄدکرو بۄدکرو

راجہِ:۔ خاموش......زبان دراز پاٚژھر باز۔

پنڈِت:۔ مولاٚس مَسا ۄہرِو۔لوتہِ لوتہِ گُروساکتھ۔

راجہِ:۔ مسخرانِ محترم!اسہِ بۄز تہٕنذ فُری یاد۔اٚسی چھِ تو وِ یقین

دِوان زِ أسی کروتحقیقات۔

دوشوے مسخر:۔ اِقبال بُلنٛد۔عزت،آبرو......Going out

راجہِ:۔ أسی چھِ حُکم دِوان زِفرہاد ،شیرین تہٕ دوٕد کولہِ ہُنٛد مسلہٕ گژھِ فی الفور أنٛزراونہٕ یِن۔فرہادس تہٕ شیرینہِ کڈِو سمن۔مِلِک سپلائی ہُنٛد پٹھوٲری تہٕ گرِی وُون جمعبندی تہٕ خسرٕ ہیتھ حاضِر۔

تخلیہ cut

## SCENE NO.3

Farhad,s father and Muqdam with Patwari.

موقدم:۔ حلقۂ دار صأب فِی الحال دِزِ تیمِس جمال خانس اِنتخاب۔پتہٕ بوزوباقی......

پٹوأری:۔ موقدم صأب! اتھ نسا چھیٚنہٕ وتھے۔کولہٕ چھُ اِنتقال خسرو پرویزس۔بےٚ اِنتخاب دِمہٕ تہٕ کتھ۔

جمال:۔ فان گوسا اتھ کولہٕ۔گام چھُ گواہ۔کول کڈ میأنؠ نِچؠ فرہادن۔خسرو پرویزن چھُ ژُرِ اِنتقال کوٚرمت۔

پٹوأری:۔ بہ ماہکہٕ جمعبندی قلم ژأنتھ۔حأکم ہےٚ شورتُلن۔وِ چھ سا سورُے ماچھُ مےٚ تام۔

موقدم:۔ جمال خان! بوزسا بہ ونے۔اتھ چھے کاکدن کھر۔اگر کھر کاسُن چھے تیلہٕ مہٕ کرِژ جرح۔وونی یہٕ بہ زانہٕ تہٕ کرٕ۔

جمال:۔ اِدھَن تہٕ چلو......

موقدم:۔ حلقہٕ دار صاٗب! تلہٕ ھَن ژِ کڈِیہ جمعبندی۔

پٹھوٗاری:۔ (Patwari opens the record) وٕچھ ھَن یہٕ گوموغلن ہُنٛد روقبہٕ، یہٕ گٔیہ گاسہٕ چراٗے، یہٕ گو خاٗلصۂ سرکارتہٕ یہٕ گٔیہ دوٕد کول۔ خودکاشت بحِصہ برابر خسرو پرویز ولد صمد پرویز ساکنانِ دیہہ۔ یورٕ گوٚو یہٕ حِصہٕ کھیوٹ نمبر ۱۳۔ یہٕ گوچونٛ تہٕ جمال خانٛ۔

موقدم:۔ نٔسا حلقہٕ دار صاٗب! بہ زانے نہٕ جاۂ ڈنٛدٔر کینٛہہ۔ دوٕد کول چھےٚ ییٚمی ہِندی گِٹ فرہادن کڈٔمِژ۔ گام چھُ گواہ۔ یِتِس دفعہ ۴ دفعہ ۸ گٔرتھ تہٕ دِتہٕ ییٚمِس اِنتخاب۔ پتھ رٗؤ زچاۂنی حٔزمت سو گٔیہ میانہٕ مِٹہٕ۔

پٹھوٗاری:۔ ہے یتھ ھَن چھُ واریاہ کھُر۔

موقدم:۔ ہے بہ ۂسا چھُس نمبردارِ دیہہ۔ مےٚ تےٚ وُمبر پٹھوار بن ہتی گٔیہ۔ مےٚ کتھ چھُکھ وَنان۔ مےٚ چھےٚ ساٗرے خبر۔ بوز کتھ......(کنس تل خبر کیا وَنان)۔

جمال:۔ ہے یپاٗری ھَن......اٗسی نہٕ ھَن چھِنہٕ شِکس لد۔ اٗسی تہٕ چھِ خانداٗنی......ساٗنی زبان گٔیہ پکہٕ۔

موقدم:۔ ہے کرسا ژِ ژھوپہٕ۔ یاگو مےٚ تگہٕ نہٕ کتھ۔ یہٕ چھےٚ،

پڑھوأرِی باخودا کھنڈ ......مےٚ چھےٚ نہٕ أمِس تہٕ ہُبرس کاٹہہ فرق......

حلقہٕ دار صأب! نیرا بہ تیلہِ۔

پڑھوأرِی :۔ بہ کیاونہٕ یہِ خوش گژھی۔

موقدم :۔ جمال خاناژے کیاپژھے چندس......

جمال خان :۔ کہٕ پہن چھُ...... Paying some money to patwari.

cut.

## SCENE NO.4

Court of King.Everyone except King present.

چوبدار:۔ تمام ہوش وحواس پیشِ بادشاہ..........

شہنشاہِ زمان، ترجمانِ مسخراں، نازِشِ فنکاراں چھِ تشریف انان۔

ہوشیار خبردار......گُل روتہٕ گُل اندام

وأجبُ الاحترام......سانہٕ پأتھرُک گلفام چھُ تشریف انان

All standing up in the honour of King.King sits in his chair.

پنڈِت:۔ راجہِ صأبُن سایہِ پُوشُن اسہِ انِدٕ وٕنِدٕ۔رازن! سانہٕ پأتھرٕ کیو معزز مسخرو اوٚن حال حالے فرہاد سُنٕد مسلہٕ یَتھ دربارس منز۔

درباٗرؠ :۔ توَے چھُ پنڈِت پریم کول شیرین ہٮتھ دربار آمُت۔

پنڈِت :۔ آے تہٕ ہتہٕ...... پزر پزر۔

راجہِ :۔ شیرٖین...... شیرٖین کتہِ چھےٚ ؟

پنڈِت :۔ رازن! بہ کرن پیش۔ چوبدار......؟

چوبدار :۔ حُکم رازٕ......

پنڈِت :۔ مولا! نِسایہِ شیرٖینہِ تھال راجس۔

چوبدار :۔ بہتر سرکار. Taking THAL to King.

راجہِ :۔ (ژکھِ سان) پنڈِت پریم کول............؟

پنڈِت :۔ حُکم رازن۔ standing up.

راجہِ :۔ یہِ کیا چھُ؟

پنڈِت :۔ شیرٖین رازن شیرٖین۔ حیہٕ کٔدلہٕ کھالنأوم............

راجہِ :۔ پنڈِت پریم کول !اسہِ چھُ باسان کہِ ژٕ چھُکھ رِٹائیر
مینٹس ووتمُت (شیرٖینہِ فوٚل کھوٚان)

پنڈِت :۔ رازن ! یہِ کیا چھِوٕ فورماوان۔ کیا توٚہِ چھُنا مولوم زِ
دربارُک رِکاڑ تھاوان تہٕ بہ، تُہندِ باپت پوٚز اپُز کران تہٕ
بہ، قونونس ترمیمہٕ کران تہٕ بہ، اِدھر اُدھر کران تہٕ بہ، روپیہ
دہ وُکراوان تہٕ بہ۔ بٔے رِٹاٗر گژھہ تہٕ کیاز ِ؟

راجہِ :۔ تِکیازِ سون مطلب اوس نہٕ ہرگز ہرگز تہِ یہِ شیرٖین......

پنڈِت :۔ آے تہٕ بتہٕ۔ مگر راژن! تِیلہِ کو سہٕ شیر ہِن۔

راجہِ :۔ سون مُدعا اوس فرہادٕنی شیر ہِن۔

پنڈِت :۔ پاپہٕ کرم تہٕ بییہٕ نہٕ کینٛہہ......راژن! سو ذِمہٕ وأری چھےٚ توہہِ
دربأری صأبس تھأومٕژ۔

راجہِ :۔ دربأری..........؟

دربأری :۔ حُکم عالم پناہ......

راجہِ :۔ شیر ہِن کتہٕ چھےٚ؟

وکیل :۔ تالہِ ٹوٗنگ لوٗے فرہادن Enterd suddenly
شیرین ہاموے لو..........
عالم پناہ جہاں پناہ عالم پناہ تُلہٕ پناہ وِیرِ پناہ بڑبنہٕ پناہ

راجہِ :۔ خاموش......

وکیل :۔ ییمی پوٚز وۄن تس کٔڑکھ اُچھ۔ عالم پناہ! بہٕ چھس از
شیرینہِ ہِندِ طرفہٕ وکیل بٔنتھ آمُت......

سأری :۔ او......وکیل۔

وکیل :۔ مِسز شیرینہِ ہُندمۄدُرکلامہٕ بوٗزِتھ کوٗرمےٚ فأصلہٕ زِ بہٕ لٔڑہ
یتھ اِنصافکس لُکہٕ پأٹھ مِسز شیرینہِ ہُند کیس۔

These are the papers.(Produsing a big file)

عالم پناہ! مےٚ دِیِو یہِ کیس لڑنک اِجازت۔

Grand son of kitchen kingdom.

سأری:۔ Shame Shame Shame

مسخر:۔ چھُو بوزان اے بوزن والیو۔نوم تہٕ چھُو کأشری۔انگریزی پأٹھی منٛد چھاوان کأشر بن۔ہتا پوٚن پہر ونہٕ ستی پئیہ کچن وٕسی۔کنہٕ برٛاندونہٕ ژلہِ ورنٛڈا۔ہیا مول ونہٕ ہا شہلنوٚ ڈیڈی جانس لرٕ۔

مسخر:۔ ماجہِ مام وُنٛن کُسوفائشن گوٚو۔یہِ ہا گوپنہٕ کوٚکرِ وُنٛن یورے گرٛہ ولگہٕ ہنٛدِس مُرس منٛز ترٛاو ٹھوٗل۔ہیا پنٛنے ہچہِ ہا چھیوٚ بہہ ترٛچہِ۔

سأری:۔ پنٛنے ہچہِ بہہ ترٛچہِ...... پنٛنے ہچہِ بہہ ترٛچہِ...... پنٛنے ہچہِ بہہ ترٛچہِ......(زورٕ زورٕ)

مسخر:۔ ژٔڈی توزچہِ۔

راجہِ:۔ آڈر آڈر۔ وکیلِ شیرین......؟

مسخر:۔ Yes me lord

راجہِ:۔ اسہِ چھُ تأجب زِ اسہِ مزمت گرِت چھُکھ ژٕ پانہٕ وٕنہٕ انگریزی بولان۔

پنڈت:۔ رازن ! أتھی چھِنا ونان پانس پرٕ پرٕ تہٕ ریٚس طبابت۔مولہٕ کأشر ہے چھُکہٕ کأشر بول سا۔

مسخرہ:- شُکریہ عالم پناہ۔ عالی جاہ! میُون گوڈنیُوک دعوا چھُ زِ شیرین چھےٚ موئڈتہِ مِسکین۔ ساسہٕ بدٕ وری گزرنہٕ باوجود تہِ چھُنہٕ اُمس بچارِ موئڈ فنڈ واگزار کرنہٕ آمُت۔

راجہ:- یہ کیا چھِ اُسی بوزان۔

مسخرہ:- عالم پناہ! تی یہ بہٕ عرض چھُس کران۔ عالی جاہ! مون زِ یتھ اوس فائینانشل کرنچ۔ مگر اتھ تہِ گئو وری گے......؟ عالم پناہ! افسوس چھُ یمہٕ کنہٕ فرہادن دودِ کول کڈان کڈان ژچھِ۔ تمہٕ لاجہِ خلقو مکانن، دُکانن، دوسن، دیوارن......افسوس صد افسوس کأنسہِ ہنٛدِ چندِ منٛز دژ لیہ نہٕ ژونٛژ تہِ۔ ہتے شیرین مأسی یتھ کرتے ناس

Weeping is coming to me ـ

مطبل مےٚ چھُ ودُن یوان۔

پنڈت:- مولہ مساو دمےٚ ہسا گژھی ہاٹ۔

مسخرہ:- عالی جاہ! توہی چھِو اِنصافکس تختس پیٹھ۔ مرحوم فرہادن کڈ دودِ کول۔ ناو اوس تتھ شیرینہٕ ہُند۔ مگر سو اُس غریبن غُرباتن ہندِ باپتھ۔ مگر دودِ منٛز دژ او اَکس گرُن۔ تہِ فیوٗ مُغُرن دودس سُہلاب۔ بہٕ چھُس یتھ اِنصافِکس عدالتس اِلتجا کران زِ عمہٕ گوٗر گژھِ نوٗٹ تہ پاوِ واریٹھ

حاضرِ دربار کرنہٕ یُن ۔ Milkman enters

عمہٕ گۄر:۔ دود ما ہیٚو ہو............

پنڈِت:۔ دود کۄرنہٕ ساد شمنن شترن۔ اسہِ کیا ساکۄ رُے ژٔ ے۔

عمہٕ گۄر:۔ (حأرأنی سان دربارس وِ چھان)

شوٗژھ کۄت سنالوٗگ از چأری ہانٛژِ (واپس نیرُن ہوٗ ان)

پنڈِت:۔ مولا! پوٗت کھورے کۄت سادژا کھ۔ دود ہے چھے علاج نِکھنا۔

چوبدار......؟

چوبدار:۔ حُکم سرکار۔

پنڈِت:۔ کرسا مولہَ دودٕنوٗٹ تہٕ پاوِ وأرضبط۔

چوبدار:۔ (حُکمہٕ مُطابِق کران)

راجہِ:۔ چوبدار! تمام دربارٕن بأ گرأ وِ یہٕ دود۔

چوبدار:۔ سارِنےٕ دودٕ بأ گران تہٕ سأری بیہوش گژھان۔

عمہٕ گۄر: چھِ وِ چھان شیٚچ بِندر کیا پئیہِ نومن میانہِ دودٕ ستی۔

چوبدار:۔ ہیا بہ ہافوٚتس۔

عمہٕ گۄر:۔ فٹ۔ مگر میانہِ دودٕ ستی فٔٹ زِنہٕ۔ مےٚ چھِی وِ نہِ زٔنٛٹ کٔنے۔

SURNAIE VAAD

CUT



کاشرِ لکہٕ فارمہِ منز "اَسن ترٛلیہٕ"

## لُکہٕ پاُتھر

# پاُتھر چھُ جاٗری

قسط............۸


تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ



پبلِشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورٕ وُڑر بڈگام کشمیر

# EPISODE NO.8

## کردار

۱۔ راجہ

۲۔ پنڈت

۳۔ چوبدار

۴۔ مسخرہ ۱

۵۔ مسخرہ ۲

۶۔ وکیل فرہادُن

۷۔ وکیل شیرینۂ ہُند

۸۔ جمال خان فرہادُن مول

۹۔ نژن والی ۲

۱۰۔ ببکار

راجہٕ :۔ آفرین آفرین۔

پنڈِت :۔ رازس اُسِن جے جے کار۔ آدرتہٕ نمسکار۔

سرکار! سانہ اِنصافکِس یتھِ پاے تھرس منز چھُ مرحوم فرہادٕنی بابہٕ صاٲب جمال خان جمنگری صاٲبن جوابِ دعویٰ پیش کوٗرمُت۔

راجہٕ :۔ تُمی سُنٛد وکیل کتہٕ چھُ؟

وکیل :۔ عالی جاہ! بندٕ چھُ حاضر۔

راجہٕ :۔ جوابِ دعویٰ کٔرِو پیش۔

وکیل :۔ اے اِصافک فاٲصلہٕ دِنہٕ والہِ راجہِ۔ مسلہٕ چھُ صِرف یہِ زِ فرہادن کٔڈ دودٕ کول۔ سو دودٕ کول کھنیہِ گورِو............آب ترٛاوِ ترٛاوِ کٔرکھ سوٲبی آب۔

عالی جاہ! اگر مسلہٕ یتیٚ آسہٕ ہے تیلہِ اوس نہٕ مسلہٕ۔ مسلہٕ چھُ یِمو ے مِلاوٹ خورو مارنو وسہٕ لولہٕ عاشق۔ دودٕ سگ دِیاون وول عاشق کھیوٗ کھ فکھ۔

جمال:- عالی جاہ! میٔون لڑکہٕ آو سأزِش کٔرِتھ تالہِ ٹوٹگ لائنس پپٹھ مجبوٗر کرنہٕ (ودان) دوٕدِ کولہِ لگیوتہٕ فرہادو۔ بہ کسُو

ژٕ وو تھس فرہادو

راجہِ:- جمال خان جمنگری صبرس ہےٚ کأم۔

وکیل:- کٔیاہ صبٕر کرِ عالی جاہ۔ یاگوٚو اکبس گژ یشارٚوٹُن۔

## SCENE NO.2

Two clowns in traditional dress and p_ rops.One sitting in the center and the second one trying to get him up and act in the Pather.

مسخر:۔ ہَیا شہر گام ہا چھِی لُکھ وِ چھان۔تھۆد ووتھ تا۔

مسخر ا:۔ No reaction

مسخر:۔ ہَیا دم گرِتھ ہا تُلتھم دم۔رٔنگی مَیا مأنزِنم۔تَلا تھۆد ووتھ۔

مسخر ا:۔ Looking in the sky

مسخر:۔ ہَیا از ہا چھُ پندأہم۔ژٕ کتھُو چھُکھ ژٕند رژھاران۔ہَیا تھۆد ووتھ تا۔ؤتھکنا کینٛہہ؟

مسخر ا:۔ Turns to other side

مسخر:۔ ژٕے ما گۆوے آٹو کٹ۔ہَیا تھۆد ووتھتا۔

مسخر ا:۔ اِش شہِ شی..........

مسخر:۔ شُکُر چھُ مےٚ دۄپ زیٚوِ نش تہٕ ماگوکھ۔

مسخر ا:۔ شہِ شی..........

دُنیا چھُ نژان نژان چھُ دُنیا

دُنیا چھُ نژان نژان چھُ دُنیا

مسخر:۔ ہاں......نژان؟

مسخر ا:۔ آ۔نژان چھُ دُنیا چھُ نژان

نژان چھُ دُنیا......نژان چھُ......

مسخر:۔ مگر نژناوان کُس چھُس؟

مسخر ا:۔ نژناوان چھُس سُے یُس بچہٕ کِٹس نژناوان چھُ

کارخانس نژناوان چھُ، گرٕہٹس نژناوان چھُ......

مسخر:۔ واہ سِیوٚد وشتو کأشری پأٹھی۔

مسخر ا:۔ Like a dancer

ہأرِ یے تھاوکھنا کن تہٕ لولو زار میأنی طوطس ونتہٕ لولو

ان سا بخشأیش..........تو ریا فکرِ کینہہ۔

مسخر:۔ ہالگیو تہٕ لگیو میأنہِ خودایو..........گو یہِ سورٕے پوٚنسہٕ ٹنٹہٕ۔

مسخر ا:۔ اکھ منگان موننڈ فنڈ اکھ منگان چاے

دوشوے:۔ یہِ ہَبا چھےَ بابِہ روپین ہُنڈ نیاے

روپے بیٔنہِ بوے روپے ازمول

روپے چھے رِشتہٕ روپے بیٔنہِ وول

روپے لول محبت تہٕ روپے گیہِ ماے

یہِ ہَبا چھے بابِہ روپین ہُنڈ نیاے

روپے شیرین روپے فرہاد

روپے ووٹ دوتہٕ زِندا باد

روپے اِسانن دِلن دُبراے

یہِ ہَبا چھے بابِہ روپین ہُنڈ نیاے

روپیے گژھ کھے گژھ کھے اِسانٔیت ہتھ ژٔج کھے

روپیے گژھ کھے گژھ کھے اِصافا ہتھ ژٔج کھے

روپیے گژھ کھے گژھ کھے روپیے گژھ کھے گژھ کھے

لول تہٕ ماے ہتھ ژٔج کھے روپیے گژھ کھے گژھ کھے

دوشوے مسخر:۔ شرم حَیا ہتھ ژٔج کھے

مسخر:۔ ہَیا ہَیا ہَیا۔ نتہٕ چھینٔا یمن خبر۔ یِم بچأری تے امے روپیہِ تاوجن چھِ لأ گ ءتی۔

مسخر ا:۔ یمن کتھو چھکہ ونان۔ اسہِ تے أ لی تہٕ گلوا مے روپیہِ أنی۔

دَزی فٔزے زبتہٕ ہے روپیہ ہتھ تہٕ بتہٕ ہے

مسخر:۔ اسہِ کتھُو پیٹھ لوگ ژھرِ وے اتھو لگہِ ہژن روپین حساب کرُن۔

ہیا اسہِ چھنا پأتھر کرُن......

مسخر ا:۔ رُو ٹنگھ بیہ۔ وُنے ناپأتھر چھُ جارٔی۔

مسخر:۔ یا پأتھر چھُ جارٔی۔

دوشوے:۔ پأتھر چھُ جارٔی۔ فرہادس پأری۔ دوِ کول کڈُن

ہُپأری۔ شیرینہِ سورمہٕ ٹارٔی۔ فرہادنس

مأرلس یأری تس چھےٚ لڑکس بکارٔی......

دودس چھینہٕ خریدارٔی

روپیہ ژھاران سارٔی

ماگنس چھےِ دُفان نکوارٔی

پنڈِتس چھِنہٕ وو تلان ٹارٔی

مسخر ا:۔ یااللہ یأری فضلِ بأری

مسخر:۔ ستی ہیتھ سأری تِکیاز

دوشوے:۔ پأتھر چھُ جارٔی

CUT

## SCENE NO. 3

Court of King. Everyone present.

راجہ :۔ آڈر آڈر آڈر ۔

وکیل :۔ عالم پناہ! فرہادُن مول چھُ قسم ہاوان۔

وکیل۲:۔ عالی جاہ! اِنصافکِس دربارس منز چھِنہٕ قسم چلان۔

وکیل :۔ عالم پناہ! اپزِ یٲرِس پے تن تاون گرس۔فرہاڈنی مٲلی چھُ بیانِ حلفی دِیتمُت۔تس چھا واو زِ اپزُ ونہٕ۔

وکیل۲:۔ عالم پناہ! پریتھ کانٛسہِ چھےٚ خبر کہِ فرہادن بچٲرِی کڈ دوٕ کول صِرف شیرینہٕ ہنٛدِ لولہٕ۔تس اوس شیرینہٕ ہُنٛد لو...... اِسلئے گژھِ معاوزہ تہِ شیرینے ترُن۔اِدِ شھلن تس جنتی لیس لرٕ۔

وکیل :۔ عالم پناہ! میٲون فاضِل دوست چھُ یہِ کتھ مُشراوان کہِ فرہاد اوس خاندٲنی۔تس چھُ قبیلہٕ،مول موج،بیٚنہٕ بوے

......سہ کیاژھوٹہٕ فقیراوسازِ تو ہند حق بأ گراون وتہِ پکوٕنی

پنڈِت:۔ مولہٕ اتھ ہساچھُ پرانو وۄنمُت:

موردِ مالس خوردِ برُدم گری دُ یارو ہو

یِ پیٚوتی چندن منز بری دُ یارو ہو

راجہِ:۔ خاموش..........

مسخر:۔ عالی جاہ! نوم چھِ پٔنُن فیس کھِسس برنہٕ باپت پنہٕ ٹلی ڈِینج تہٕ ڈیٚنجہِ ٹلی پن انان۔

مسخر۲:۔ اِسلیئے پزٕ اِنصافک دربارلاگن وأرلس راجس پریٚتھ کتھِ سٔنن تہٕ اول وانگن نۆن کڈُن۔

سأری:۔ آفرین آفرین۔

دۄشوے مسخر:۔ عالم پناہ ، عالی جاہ ، جہاں پناہ!

مسخر:۔ دِپان کٔھ گۆ یوو جانہٕ مرگ......

مسخر۲:۔ پجن دۄپ مے دزٕ لیہِ نہٕ مأنٛتھرٕ ے۔

مسخر:۔ تہٕ خریدار چھُ دِپان مے لۆگ نہٕ مزے۔

راجہِ:۔ تُہُند مطلب کیاچھُ؟ مطلب کرِ و بیان۔

دۄشوے مسخر:۔ پریٚتھ کانٛہہ ژھاران پنٕنے مزے پنٕنے گزے مینان چھی

یِتھ لولہٕ سینس چھم دزٕ دزے

پنٕنے گزے مینان چھی

مسخرا:۔ ذاتن دِژ نوَ گُر بیہ تھزے
پزے پزے کتھ گری تو
اپز یار بن تو ہی گری تو گزے
پننے گزے مینان چھی

راجہِ:۔ مرحبا مرحبا ۔پنڈِت..........؟

پنڈِت:۔ آے تہِ بتہِ۔

راجہِ:۔ مسخرن دِیو موقول ینامہِ۔

پنڈِت:۔ ضرور رازن! ضرور۔ ڈلوسا مولہ رُٹو۔

Both clowns get some money from Pandit.

دوشوے مسخر:۔ راجہِ سُند اِقبال بُلنٛد۔
سائنس راجہِ سُند اِقبال بُلنٛد۔ Going out.

راجہِ:۔ آڈر آڈر آڈر۔
وکیلانِ محترم! اپز آب منٛد نہِ بجایہِ اَزو حقیقت دربارس برٛونٛہہ کُن تا کہِ اِنصاف سپدِ۔ کانٛہہ نااِنصافی سپدِ نہِ۔

Farhad's father enters crying.

جمال خان:۔ اے اِنصافُک راج تاج کرن والہِ راجہِ! میون انصاف کرنتہِ مارے بہٕ پیتھی پان۔ (ودان)

راجہ :- جمال خان! صبر ہے کأم۔ ودنہٕ ورأے وَن کیا چھےٚ وُنن۔

جمال خان :- اے اِنصافک فأصلہٕ دِتہٕ والہٕ ! کیا صبر کرٕ ـ مےٚ چھےٚ پوٚترٕ دگ للوٗنی۔ مہرازٕ چھم موٗ دمت مہرازٕ .........

میٚون فرہاد اوس دِلہٕ صاف۔ تس اوس نہٕ کینٛہہ خطا۔ سہ مارنوٗ کھ زأنتھ مأنتھ۔ تس ونیو ماجہِ تہِ تہٕ مےٚ تہِ۔ فرہادا ما کڈ دوٕد کوٗل۔ ما کڈ دوٕد کوٗل۔ یِم مِلاوٹ خور ہا مارناونےٚ۔ مگر تٔمی مون نہٕ (ودان) پتوگوٚ وتی۔ دوٕد تہٕ گوٚ کھیٚوگرٕ وتہٕ خور وتہٕ میٚون مہرازٕ گومےٚ دکہٕ دِتھ.........

ژھارتھ لولچہ وتہِ **لو** متہِ لو فرہادٕ متہٕ لو

راجہ :- جمال خان! اسہِ چھُ تیٚمے پأٹھرُک قسم ......توٚ تام بیٚہمو نہٕ أسی رژھِ تہِ یوٚ تام نہٕ ژٕےٚ ستی اِنصاف کرو۔ اور یِمن مِلاوٹ خورن سزا دِمو۔

پنڈت :- آے تہٕ بتہٕ۔

وکیل :- عالی جاہ! تأرتخس منز چھُ اِنصاف کرن واللین ہُند ناوسونہٕ ہأرٕی حرفوٕ ستی لکھنہٕ یوان۔

وکیل ۲ :- ژرِ پوٚپ۔ تأریخ چھےٚ ہمیشہِ تی رقم کران یہ پزٕر آسہِ۔ اپزٕکی پہاڑ چھِ پزٕچہ آبہٕ رٕکھہِ ستی چھلہِ چھلہِ وسان۔

راجہِ :۔ بے شک بے شک۔

وکیل۲:۔ عالی جاہ! جواں سال عاشق فرہاد گو یُتھمہِ عالمہٕ۔ تمیٚ خودکشی
گرا، سہٕ کائنسہِ کرنووا یہِ چھُ غورطلب مسلہٕ۔ مگر بیٚیا کھ
ٹاکارٕ
حقیقت چھِ اُسی مٔشراوان۔

راجہِ :۔ کوسہٕ حقیقت؟

وکیل۲:۔ شیرین۔ عالی جاہ! شیرین۔ سوکوتاہ موٚنڈٕس کڈِ...... تس
مُتلِق کیٚیا زِ چھنہٕ دربارسونٛچان۔

وکیل:۔ عالی جاہ! مےٚ یامیٚئنس موٚکل جمال خانس چھنہٕ کانٛہہ
اعتراض اگر شیرینہِ موٚنڈٕ فنڈ ترِ۔ مگراکِس گژیشا گژھِ
جمال خانس ترٛن۔ اورامہِ علاوٕ گژھِ فرہادُن لوٗٹ بوے
مامہٕ کوٗل مِلِک سپلائی منٛز مُلازِم لگُن۔

وکیل۲:۔ عالی جاہ! فرہادن یہِ کوٗرتہِ کوٗرتمیٚ شیرینہِ ہِنٛدِ باپتھ۔ از
کھٮ۪یا شیرین ہوٗ کھِ سے پیٚٹھ بوٗ ٹھ۔

وکیل:۔ تس کیٚیا چھُ گومُت۔ بیٚیا کھ خاندر بنٕس ناکرُن۔ یا گوجوان
چھنیٚنہٕ۔

وکیل۲:۔ کرسا ژھوپہٕ گوگجہِ خار ہسا واتی اُسس۔ بیٚیا کھ
خاندرٕ............

بیٚا کھاندر کرتہٕ پانہٕ۔

وکیل:۔ کتہٕ بوزِی میٲنۍ زنانہٕ۔

وکیل۲:۔ ہۂہہ......زنانہٕ مُرید۔

وکیل:۔ ژھارِ کنہٕ بۂ۔

وکیل۲:۔ ژٕ

وکیل:۔ ژٕ

وکیل۲:۔ ژٕ

وکیل:۔ ژٕ (سخت شور)

پنڈِت:۔ توٚہہ کمہٕ سا ہۆ نگہٕ آیِو مولہٕ ......

راجہٕ:۔ آڈر آڈر آڈر۔

No one listning to King's order

راجہٕ:۔ توٚہہ بتہٕ کامن

تخلیہ

CUT

## SCENE NO. 4

Two clowns and two dancers comming near. A young man who is already in the centre.

مسخر:۔ کیاسا چھُکھ ژھاران۔

مسخر۲:۔ کس ساچھُکھ پژاران۔

ببکار:۔ ببکأری چھُس کۆرمُت سخ پریشان۔ دِل چھُم ژلان۔ زنگہٕ چھم ڈلان۔ کتھٕ چھم کلان۔ وُرِ چھُم ووکان تہٕ وِگرٕ چھُم ژوکان

نژن وألی:۔ ژوکان آسی، ژوکان آسی ۔

ببکار:۔ توہی کم چھِوٕ؟

دوشوے مسخر:۔ أسی چھِ پأتھر باز ، محرمِ راز ، أسی چھِ کتھٕ گری کتھٕ ونان ، کتھٕ کنان......

نژن وألی :۔ نژان ، گِنڈان تہٕ گبوان۔

ببکار:۔ ہے پأتھر بازو، محرمِ رازو ، تو ہِ چھوٚپنہٕ پأتھرٕ ک قسم
۔ژٕ نو ناپأسِ خودا ییتھ ببکأری کیا بنہٕ۔

سأری:۔ ودان۔

ببکار:۔ توہہ کیا زِتژ أو وباکھ۔

دوشوے مسخر:۔ ژے وۄنتھ تہٕ اسہِ تہٕ پیٚیہ یاد پنٕنی ببکأری۔

نژن وألی :۔ بےکسی تہٕ لاچأری۔

دوشوے مسخر:۔ خجل خأری تہٕ خرسوأری۔

ببکار:۔ گوناتو ہِ تہٕ چھِوٕ میأنی پأٹھی ببکأری۔

سأری:۔ أو لگے پأری۔

ببکار:۔ ژٕ نو تیلہِ مے ستی سأری۔

سأری:۔ کیا ؟

ببکأر:۔ ہتہٕ گنہِ پتہٕ ہانو کرِ یے لو
امہِ ببکأری مار أسی گرِ یے لو
ہتہٕ گنہِ پتہٕ ہانو کرِ یے لو

مسخر ا:۔ دِلِ جگرس منز چھم بس اکھ شر
سُوٹھ لأ گِتھ بۂ تہٕ گوٚژھ ہا دفتر
مگر کرٕ کیا چند چھم ژھرِ یے لو

ہتۂ گُنہِ پتۂ ہانوکرِ یے لو

مسخر۲:۔ واہٗ ونہِ نامیتۂ کاٹھہ صحب جی آو

واہٗ دِمہِ ہابۂ تہِ یمن گوژھن تاو

کھنژ رٹۂ ہانا زگری گرِ یے لو

ہتۂ گُنہِ پتۂ ہانوکرِ یے لو

سأری: ہتۂ گُنہِ پتۂ ہانوکرِ یے لو

ببکار:۔ یااِلٰہی کرتۂ آسمانس گوٚد

پتھر پیومُت بۂ تہِ حضٕ ووتھۂ ہاتھوٚد

گرٹھ ہِ کیا کم چانہِ بارگاہِ لولو

مسخر:۔ دِتۂ نوکری میانہِ خودایہِ لولو

سأری:۔ سانہِ لسنگ کرتۂ کاٹھہ پائے لولو

Dancing Singing out.

CUT

کأشرِ لکہِ فارمہِ منز "اَسن تژ ایہِ"

# لُکہِ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط............٩

تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ
ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلِشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑربڈگوم کشمیر

# EPISODE NO.9

## کردار

۱۔ راجہ

۲۔ درباری

۳۔ پنڈت

۴۔ شیرین

۵۔ فرہاد

۶۔ وکیل۱

۷۔ وکیل۲

۸۔ مسخرا

۹۔ مسخر۲

۱۰۔ نڑن وألی

۱۱۔ شیرینہِ ہُنڈ مول

۱۲۔ گُلہٖ (فرہاڈن دوست)

۱۳۔ گبوَن وألی

۱۴۔ سورنے وألی

۱۵۔ فری یأدٕ اکھ چشمہٕ دید گواہ

۱۶۔ باقی حسبِ ضرورت

## SCENE NO. 1

Court of King .Everyone present.The lawyers pleading the case.

وکیل:۔ عالم پناہ! یہِ چھُس نہٕ بہٕ ونان یہِ چھُ گونماتن وۄنمُت ۔

مےٚ چھُ فرہادٕ سے رُت باسان

گَہہ ژٕٹِہ کنہٕ گَہہ کھنہٕ لولو

عشقس یُس اکھ سنہٕ لولو

سُے اِدٕ عاشق بنہٕ لولو

وکیل۲:۔ I object

عالی جاہ! گونماتو چھےٚ پتہٕ وتے ہوزے وٕرِدٕ جمٕٕ ۔ یس گونماتس نہٕ گاڑِ رکراے تہِ چندس اُس ۔ تَمی تہِ وۄن ماشوقس:

موہرن ہاکرے اشبار لال دِمے دوژھے لو

سأری:۔ (اسان) Laugh

راجہِ:۔ آڈر آڈر آڈر۔

وکیل:۔ عالی جاہ! مئیون یہِ فاضِل دوست چھُ کلچرس پیٹھ غلط اِلزام دِوان۔

وکیل۲:۔ عالی جاہ! بۂ چھُس پانہٕ کلچاٗڑ cultured مےٚ چھِ تمام کلچر اپناٗوِ متی۔ ایگریکلچر، فلوری کلچر، شری کلچر، شریمتی کلچر، پھوہرِ کلچر، ہارٹکلچر، ناٹہِ کلچر، ژیٹِنہِ کلچر، ریٚشہِ کلچر، ٹشپہ کلچر، ووٹہٕ کلچر، نوٹہٕ کلچر، ڈالہِ کلچر......

راجہِ:۔ کلچر کلچر آفرین آفرین۔ بۂزِ پاٗٹھی چھُ سون کلچر باگہِ بوٚرُت تہٕ بہلہِ پایہ۔

وکیل:۔ کتھ ساتاونس پھسیوشوٗٹھ۔

وکیل۲:۔ عالی جاہ! ژھربو کتھو چھِینہٕ دال سِکس کھسان۔ بلکہِ چھُ ہمیشہٕ پوٚزُرے پزان۔ اور پوٚز چھُ صِرف یِی زِ فرہادٕنی ماٗلِ کھیٚشہِ دودہٕ کول گوربن ہٕنتھ۔ یِیلہِ نہٕ تہٕ کھبتھ تہٕ پوٚریوس۔ پتہٕ لاٗرِگن اُہنزِ بو ہتانہٕ وٕتو۔

وکیل:۔ عالم پناہ! افسوس چھُ مئیون فاضِل دوست چھُ پنہٕ کاٗکلہِ ستی اِنصافس کھش کرُن یژھان۔ اور دربار چھُ خاموش

۔میون تہ میانِس موکِل جُمہٕ خان جمنگری صابُن پوٚز چھُ
غاٰل کھالتس گژھان دربار چھُ گُمراہ کرنچ سازِش
چلاوان۔اور اتھ پتہٕ کنہِ چھُ شیرینہٕ ہندِس مالِکی سُند
اتھِ......

پنڈِت:۔ تژاہِ تژاہِ تژاہِ ۔ مولہٕ یہِ ہے کورِ مول چھُ۔

وکیل:۔ پنڈِت جی! کورِ مول آسِتھ تہٕ چھُ اُمِس روپین ہُنڈ نشہِ
۔شیرینہ فرہادنِس لولس ڈیٚو وامی خسرو پریزس اتھِ
دژوت۔اُمِس کرِنہٕ تارِیخ زانہہٕ معاف۔یہِ چھُ لولُک
دُشمن ۔فرہادُن روح آسہِ از تہٕ اوہنڈ ناو بوٚزِتھ وٗری
وٗری ژ تھان۔سہٕ ساد عاشق، لولہٕ دیوانہٕ تہٕ پزی زیٚور
اِنسان کوٚر روپین ہندِس بل بوتس پیٹھ تیمی جانہٕ مرگ۔

Defocus

## SCENE NO. 2

Camera focuses on a hill where Farh-aad is weeping and his friend is trying to keep him quiet.

فرہاد:۔ ودان۔

گُلہٕ:۔ فرہادا! یہِ وڈُن ناچھے نہٕ جان گرٔھان۔موول مُری نم چھے نہٕ یہِ سجان ہَیا محلہٕ وأ‌لی ہا تُلنے لٔٹ ..........ہوپہٕ لبلیا ژھوپہٕ کر..........
کرُوپانس ژھوپہٕ..........چلان ہےَ کیس پچھُ وِچھو کیابنہِ۔

فرہاد:۔ (ودان ودان) ہَیایہ چھا کیس۔یہِ ہاچھُ پأ تھر۔ہَیا یمو بھانڈ وَے بہٕ ودنس کھوٗکس۔گرِ کی ڈائیلاگ ونان۔

گُلہٕ:۔ وُچھو سأری ما چھِ فِلم پروڈیوسر۔کرُورِ واد خرچاون۔یمن بچارن ماچھُ تیوت بجٹ۔

فرہاد:۔ کاسٹیوم کیا چھُ شوٹھس ہیا چیٹھی اُسکھا۔ وُچھو وُچھو۔ بہ گوس ہیرو۔ پانس چھے یہِ ماگُن کالہِ پگاہ چوغہِ بدلاوان۔
مے تھووُن یہ وُہ بِکلو دُگاڑِتہِ بیل۔ بہٕ کیا بیکن (Becon) وول چھُسا۔ کِنہِ PWD ییک سڑکہِ قُلّی۔ بہٕ ناکرس نہٕ رول۔ ماگُن چھُ تہٕ گرِ۔ مے کیا کرِ؟

گُلہٕ:۔ بے عقلا زی نا اُزِنہٕ کران.........پاُتھر چھُ جاُری ییلہِ اند واتہِ اُتی کرو یہِ کتھ۔

فرہاد:۔ ہیا مے چھُ جیرِ آمُت۔ شیرینہِ تھوونے نہٕ مے ستی اکھ ڈائیلاگ ۔تہِ ۔پتھ یم ساُری گرِچی ڈنڈر وَنان۔ (ودان)

گُلہٕ:۔ ژماوَد.........وَدنہٕ منز کیا نیری۔

فرہاد:۔ تیلہِ کیا نوسرِ لایا تالہِ ٹونگ۔ ونان چھُکھ ژِتہِ یی۔ نیرُ و گرِشُھو ژتہِ دفا۔

گُلہٕ:۔ فریا......وُچھو فریا......

فرہاد:۔ ماکرِ مے ستی۔ توہہ ہا چھِو ساُری تِتھی۔

گُلہٕ:۔ وُچھو سوتر اوٗے تھول یہِ دُگاڑ وُگاڑ گرِشِھی مُشتھ۔ کتھ ہا اُزِ بوزان۔

فرہاد:۔ کیاہ بوزِ؟......ٹلو۔

گُلہٕ:- رۄٹنکھ...... بوزُو۔ ژٕ ووتھ تہٕ مےٚ ستی۔ أسی سمکھو أحدٕ مسخرس،علی مسخرس تہٕ گُلزار کٕٹس ۔تِمنٕے تھاوو نکھٕ وأرِلتھ۔پأتھر چھُ جأری۔تِمے کیٛا کرن تیأری۔پتہٕ بوزن سأری زِ ژٕ کہِ کیٛاو کانہٕ چھےٚ ژےٚ شوٗٹھس۔نتہٕ ہہکھ پیٚتی ریٚپٹھ لاگنہِ۔تِمہِ منٛزٕ کیٛا نیری؟ وَنتم ؟

فرہاد:- ہاں...... مےٚ نے اوگُن خیالٕے پیٚوٗ۔

گُلہٕ:- وۄنُے نا ووتھ۔ودنہٕ ستی گرٕ ھنے پننے أچھ کانہِ۔

فرہاد:- ووٚنی چھا تاوٗنس خبر یِم مسخر کتہِ آسن؟

گُلہٕ:- وُتھتاژٕ۔ژھاروکھ ہا۔ووتھوژ یرِ ہا گرٕ ھِ پتہٕ۔

فرہاد:- اَدِ باتہٕ پکھ......اتھ دربارس ہےَ بہٕ تٔژ گو گل نٔژ کَڈٕ۔مگر نیرو کتٛیأری۔؟

گُلہٕ:- پکھ سا یپأری۔

Both out .Camera fallows

cut

## SCENE No. 1 Again -

Defocus to Focus court of King.

وکیل:۔ (ڈبکس عأرق ؤتھران) مٔنٛد چھان

وکیل۲:۔ (خجٕل گوھان)

راجہِ:۔ اسہِ چھُ افسوس زِ دوشوٚے معزز وکیل چھِ دربارس اپُز آب مٔنٛد ناوان۔

پنڈِت:۔ گونمات فورماوان:

اپُز آب کوتاہ منٛدِ وو پس تھٕنٛی چھےٚ رُسوأیی

پٕز زاوس دود تہٕ سہٕ تھوُو کھانٛدِ خوداونٛدِ اِلٰہی

راجہِ: پٕز اوس دود تہٕ سہٕ تھوُو کھانٛدِ

سأری: خوداونٛدِ اِلٰہی

SURNAI VAAD

## SCENE NO. 3

Two clowns and two dancers in Pather SURNAI VAAD on and the actors dancing

مسخر ا:۔ ہے لۆکو خلقو اوردرشکو۔دپان پاۓ تھر گوٚو دِوِیہ رنگ۔

مسخر۲:۔ ہونی کھیٚیے نے زنگ۔

مسخر ا:۔ زنگ ہسا کھیٚیہ رشوٕ خوارس ، غلہٕ دارس ،سوٗد خورس میاۓنس کھیٚیہ پاۓ زارس۔

مسخر۲:۔ ہا لگیوتہٕ لگیومیانہٕ خودایو۔

مسخر ا:۔ ژٔے کتھ با پٹھ پٮ۪و ےازخودایاد؟

مسخر۲:۔ ہیامےٚ چھُ سہٕ شانہٕ ہوٚ ڈوٚزِ وِزِ یاذٔے۔مُشتھ گوسہٕ دژوگ

فروشن ،اپزیٲربن،فندبازن............

مسخر ا:۔ مےٚ ونتاژِیہِ پأتھر ہے جأری چھُ۔ اسہِ کوٚنہٕ پرٛژھ کأنسہِ چایہِ۔

مسخر۲:۔ (چأنٹِس تھوٚپ دِوان) ہیا ہیا کو وا کیٛا! چایہِ ہشٕز کتھ ما کر۔ چأنٹۍ تھوٚپ ہادِ نے۔

ژٕن وأل:۔ اسہِ گرٛ ھِ دمہٕ چاے جِتابولو
جِتابو آفتابولو۔ اسہِ گرٛ ھِ دمہٕ چاے......

مسخر۲:۔ شاباش۔

مسخر ا:۔ ازکروے نہٕ أسی ژھوپہٕ۔

ژٕن وأل:۔ أسی دِموبارو، بوزناوَ وسورُے دُنیا

Farhaad and his friend enters .

گُلہٕ:۔ آہ لگے کیٛا بلایہِ۔

فرہاد:۔ اسلام علیکُم

سأری:۔ واعلیکُم

مسخر ا:۔ فرہادا !وارے ہا۔

فرہاد:۔ وارٕ ہاتہٕ وارٕ نہٕ کینٛہہ۔

مسخر۲:۔ دلیل؟

فرہاد:۔ یِی ہَسایہِ ونان اوسُکھ ۔ یتھ سأئنس سماجس فوٚرٕ کھٕژ ، چاے، اکھ کتھ ہتہٕ چاے بیٛا کھ کتھ ہتہٕ کھٕژ۔ کتھِ ہتھ ہتہٕ دسخطسِ ساس۔

مسخر ا:۔ ہالگیوتہٕ لگیومیٔانہٕ میٔانہٕ میٔانہٕ خودایو۔

سأری:۔ کیٔا باگوٚے؟

مسخر ا:۔ ہیا گیوٚ نا بہ اتھ کھنٛزس پیٹھ قوالی۔ تِہِ بجٲیو تالی۔ جنابِ عالی۔

فرہاد:۔ آہ لگے...... تلاکرتیٔلہٕ کینٛژھا۔

مسخرا:۔ ہا... ہا... ہا...

مسخر۲:۔ کرٛودم... ہا... زنہٕ ژھاوجہٕ ژکام... بوز...

مسخرا:۔ افسوس۔ ہیا لگھ ہا دپن تیٔمس چھُ دنہٕ دود۔ کروژھوپہ ۔فرہادصأبا تلاژے کرز ورا۔

فرہاد:۔ اے طالبِ دیدار کھنٛز وے گُشتہ تلوار کھنٛز
گویم ترا اسرار کھنٛز اِدتارِ کھنٛز یامارِ کھنٛز

سأری:۔ واہ واہ ۔سُبحان اللہ

فرہاد:۔ لالہٕ رویس کالہٕ مویس زٕے زُلفِ شہمار کھنٛز
گونٛژھہٕ کھنٛز مژگانہٕ کھنٛز بُمہٕ کھنٛز تہٕ بُمہٕ آکار کھنٛز
اے کہٕ باناز و ادا کھنٛز نہ گویی کھنٛز مہ دیہہ
عقلِ گویدکہٕ ایں ولب ورخسار کھنٛز
چانہٕ زِی ہُند ہیچ چیز ے زانٛہہ نہ دیدم در گرت
سیرِ کھنٛز سیمنٹ تہٕ کھنٛز باہم گل و گلکار کھنٛز

## SCENE NO. 4

Court of King. Everyone present.

Sheerin, Farhaad and others.

فٲریادی :۔ فریاد عالم پناہ! فریاد...... بِداد عالی جاہ! بِداد......

پنڈِت :۔ مولہٕ! أس مسا وہراو۔ بوزان ہے چھِ۔

دربأری :۔ فٲریادی! کیا دلیل؟

فٲریادی :۔ ہے کرسا ژھوپہٕ ہے۔ صِرف چھِوٕ ہو چھے ڈٲلیلہٕ بوزان......

(ودان)

راجہِ :۔ فٲریادی! ژٕ کُس چھُکھ؟

فٲریادی :۔ عالی جاہ! بہ چھُس یٖمہِ کیسُک چشم دیدٕ گواہ۔

سأری :۔ چشم دیدٕ گواہ؟

فٲریادی :۔ آ عالی جاہ۔ یہِ مےٚ خبر چھےٚ تہِ چھیٚنہٕ کأنسے خبر۔ بہ چھُس

اِنصافِکس ییتھ پأٔتھرس حقیقت باوٕنی یژھان۔

پنڈِت:۔ آے تہٕ بتہٕ۔ مولہٕ ون ساتیلہِ جل جل۔

دربأری:۔ بوز ونٔس کیا حرج چھُ۔

فری یأدی:۔ ہے توہی کیا سادپان ییمی پوٗزوٚوٗن تس کیٔڈ کھ أچھ۔ بۓ پوٗزونہٕ مۓ کُس چھُ ذِمہٕ وار۔ ہاں......؟

راجہِ:۔ أسی چھی ژۓ یقین دِوان زِ ژۓ ییتی کرِنہٕ کانٛہہ......ون ژٕ پوٗز أسی لاگوے ژۓ سورمہٕ۔ أچھ کڈنکھ چھنہٕ سوالے۔ یہ چھُ سون واعدٕ۔

فری یأدی:۔ اے اِنصافُک پأٔتھر رِگندن والہِ راجہِ! پزر چھُ یہ زِ ییمس شیرینہٕ ہنذی مألی کوٗر أہنٛدِس خاندرس پیٹھ تہٕ یہ وچھِت أہنٛزٕ ستھ پیٚر منٛد چھے یہ۔

أرکس أرکس ترامہِ ژور ژور کوکر......ژور ژور سونہٕ پونڈ، ژور لِفاف، ژور واز، ژور دوٗدٕ پیالہٕ، ژتجی سنٛز......کھنٛی وٕژھ سالربن۔ کولڈ ڈِرنک، ڈیکوریشن، داج..........

محلس گو ژس۔ غریب کورِ مالین گوہاٹ فیل۔

وکیل ا:۔ Shame Shame

اور ییم بد رسم نہ بہانہِ ستھ پیٚر زانہٕ ہن تم گری أمی۔

راجہِ :۔ (کنن تھوٚپ دِوان) خودایا! یہِ کیاچھِ اَسی بوزان۔

فٔری یأدی :۔ عالی جاہ! یی چھُ پزر......

راجہِ :۔ اَسی چھِ حُکم دِوان زِ شیرینہِ ہندِس مأٲلِس گژھَن وُہ (۲۰) لچھ روپیہِ بطورِ جُرمانہٕ ہیٚنۍ۔ اور جُرمانہٕ نہٕ برنس تام گژھِ یہِ بدرسمن سگ دِنہٕ وول زِندانس برُن۔ تاکہِ باقی رٹن ہیٚن۔

فٔری یأدی :۔ عالی جاہ! تُہنٛد اِقبال اَسِن بُلنٛد۔ تیٚمی فرہادن بیچأری گرٛٹ کول۔ اَدِ دوٚدِ کول اَس یا آبہٕ کول۔ مگر کول تہٕ اَس۔ تِمن لۄکن تہِ ووٗنی توکینٛہہ یموسو کول مُکٲر گرٛزھوٚٹہٕ ستی۔

پنٛڈِت :۔ ترٛاہِ ترٛاہِ ترٛاہِ۔ افسوس تِمن یِم نہٕ عقلہِ کأم ہیٚن۔

راجہِ :۔ اتھ منٛز چھُ سون تہِ قصور۔ اَسی سنے نہٕ اتھ۔

فٔری یأدی :۔ عالی جاہ! سأنی یہِ پٔر وأر چھےٚ مہرٛتٛنۍ۔ پوشہِ مہرٛتٛنۍ۔ یِم کولہٕ تہٕ ڈٔری یاوچھِ اَمی ہنٛز رگہٕ۔ ییلہِ اَسی اَمِس رگے ژٹو، یہِ کتہِ روزِ۔

راجہِ :۔ اَسی چھِ حُکم دِوان زِ یُس جُرمانہٕ شیرینہِ ہنٛدِس مأٲلِس نِش وِکراونہٕ یِیہِ۔ سُہ گژھِ کولن ہنٛزِ صفأیی پیٹھ خرچ کرنہٕ یِیُن۔ اور یُس تہِ نفر کُنہِ تہِ کولہِ ژھوٹ ترٛاوان وُچھنہٕ یِیہِ۔ سُہ گژھِ گرفتار کٔرِتھ زِندانس برنہٕ یِیُن۔

سأری :۔ مرحبا مرحبا۔

راجہِ :۔ شیرین تہٕ فرہاد چھِکھ أسی باعزت بری کران۔

پنڈِت :۔ مگر رازن! فرہادن ہے آتم ہتی کرے یہِ......یہِ اڑ ژوٗٹ کتہٕ آومژی۔

راجہِ :۔ ژُکس ساچھُکھ ؟

فرہاد :۔ ہالم پناہ! بہٕ چھُس اکٹر، فرہاڈن رول کران۔ مےٚ اوس ژ کہِ خیالس مژیُن۔ مگر بہٕ آس غلطی سببہٕ دربارس مژ۔

سأری :۔ Laugh

راجہِ :۔ آڈر آڈر۔ اہلکار گری وُوکھ تیار۔ ژ و پور دیأوِہ ڈُنڈُ وٕرِ یُتھ سانہِ کولہٕ صاف تہٕ پاک روزن۔

دربأری :۔ حُکمس سپدِ تامیل۔

پنڈِت :۔ ژٕڈی تورِپل......

راجہِ :۔ پنڈِت! وُنہِ چھُ وَخ (ٹائیم) ڈُنڈُ وٕرِ دیأوِہ ڈُنڈُ وٕرِ

SURNAI VAAD

CUT

End of episode

Additional song

ژٕ ہے چھکھ شیرین

کأشرِ لکہٕ فارمہِ منز "اسن ترٛ ایہِ"

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط..........۱۰

تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑ ربڈگوم کشمیر

# EPISODE NO. 10

## کِردار

۱۔ راجہ

۲۔ پنڈِت

۳۔ دربآری

۴۔ چوبدار

۵۔ مسخر ا

۶۔ مسخر۲

۷۔ نفراَکھ

۸۔ بیاکھ نفر

۹۔ باقی مسخر

۱۰۔ گیوَن وآلی

۱۱۔ نژن وآلی

## SCENE NO. 1

A croud,two clowns in the centre.

clown one on mic and second near him.

مسخر۲:۔ خاموش خاموش ۔کتھ گژھِ، بوزِنی ۔مےٚ چھے خبر کہِ توہِ چھیٚو وٲنج دزان ۔مےٚ تہِ چھےٚ دزان۔تیٚمس تہِ چھےٚ دزان ......مگر......اتھ چھُ سوچُن، غور کرُن زِ کیاہ کرو کیاہ نہٕ کرو۔اما جان کیا گژھِ ناکارٕ کیا گژھِ

سأری:۔ آ آ ازچھُ اسہِ فأصلہٕ کرُن۔

مسخر ا:۔ ضرُور ضرُور۔أسی دوشوَے چھِ توہِ ستیٚ ۔مگر بایو! گوڈٕ کرِ کاک کتھ ۔یہِ ترٛاوِ روشنی تمن کتھن پٹھ ییمہٕ نہٕ کٹوٕتی ۔کنہٕ اتھِ چھےٚ یوان ۔حالانکہِ فیس چھِ أسی دِوان ۔کاک! ترٛاوِسا روشنی۔

مسخرہ۲:۔ (Like a leader )

ماجو ، بینیو ، بزُرگو............

مسخرا:۔ کاک! ماجہِ بینہِ نَسا چھینہِ ییٔتہِ ۔یہِ مَساوَن۔

مسخرہ۲:۔ اِش شی............اسہِ چھےٚ خبر کہِ ماجہِ بینہِ چھینہِ ییتبتھ ۔مگر اَسی چھہِ کنہِ پھٹُرٕتی ۔اَسی تہِ چھہِ ماجہِ بینہِ واٗلی ۔اور یہِ وٗری چھُ ماجن بینین تہٕ کوربن ہُنٛد وٗری۔

ساٗری:۔ ضرُور ضرُور ضرُور ۔

مسخرہ۲:۔ سانہِ ماجہِ بینہ تہٕ کورِ چھےٚ ساٗنی شوب تہٕ شان۔

بزُرگو دوستو! مسلہٕ چھُ زِپاٗ تھر چھُ جاٗری۔ مگر کٔہنٛدِ باپت؟

ڈپو شہزادن تہٕ شہزادبن ہنٛدِ باپت۔ امیرن تہٕ وزیرن ہنٛدِ باپت

......کیاسا ہے ؟ دودِ کول کمی کھیٔہ؟

کیاسا ہے ؟ ساٗدامیرس گرٕ کرور لگی مجنونس ؟

کیاسا ہے ؟ ہی مال ہَسا۔

کُس سا ہے ؟ تہٕ تل پاتا لُک شہزادِ ناٗ گر رائے ہَسا۔

بہ چھس اُمِس ماگنس ونان زِیمنے شہزادنے اوت چھایٔتہِ بُسن ......

ماگنا! اگر ژے ماگناٗزی کرٕنی چھے۔غریبن ہِ چھ نونس تپلس۔

توملس وٕچھ بھاو، سبزی وٕچھ ، ژوچہ وۆرِ وٕچھ ، ماز وٕچھ اور کپُر وٕچھ، بوٗٹ وٕچھ......

سأری:۔ ضرُور ضرُور ضرُور ۔

مسخر۲:۔ أسی بناوَوا کھ انجمن ۔ انجمنِ بہبودی مسخراں ۔ مطلب مسخر یونین

سأری:۔ (ژرِپوٚپ) ضرُور ضرُور ضرُور ۔

اکھ نفر:۔ انجمنِ بہبودی مسخراں

سأری:۔ زِندا باد۔

اکھ نفر:۔ مسخر یونین Three times

سأری:۔ زِندا باد Three times

بیا کھ نفر:۔ جو ہم سے ٹکرایں گا

سأری:۔ پانچ پانچ ہو جایں گا

مسخر۲:۔ میٲنیو مسخر بایو! صبرس ہیٚو کأم ۔ وُنہِ چھےٚ یونین بنٔنے ۔ گوڈٕ ژٕنواتھ یونینس کُس روزِ صدر......

اکھ نفر:۔ ہے سانہِ طرفہٕ گوکھ سوُرے ژٕ ے ۔ ممبر تہٕ بناوٗ کھ پانے ۔

مسخر ۱:۔ چلو صحیح ۔ مگر فنڈ کو تاہ کرو۔

اکھ نفر:۔ یِیمہِ ہِتی توہٕ شکس ژلہٕ تہٕ اسہِ رٹہٕ ۔

مسخر۲:۔ خاموش...... گرِوسافی چولہٕ روپیہٕ ہتھ تہٕ توملہٕ ترٕ کھ ۔ بتہٕ

گوپُن پٹن۔

اکھنفر:۔ توہۍ ؤنی زبو: روپیہِ ہتھتہ بتہٕ ہے۔

دزی فُز ے زبتہٕ ہے

سأری:۔ روپیہِ ہتھتہ بتہٕ ہے

مسخر۲:۔ بۄ زِ وسا ہے مےٚ کۄر فأصلہٕ۔

سأری:۔ کیا؟

مسخر۲:۔ أسی لاگو باغہٕ وارِ منزٕ الگ پأ تھر۔ ماگُن واتہِ پانےَ توٗ تےٚ۔

مسخر ا:۔ ہے خبر چھا سا غلط ما گژھِ۔

اکھنفر:۔ سوزُ ے ہےَ تُمی چوبدار۔ تم ہےَ گلی دَ گن۔ پٹھٕ چھ وُنہٕ فنڈ تہِ کرنے۔

مسخر۲:۔ مےٚ چھُ مشورِ یوان زِ أسی گژھو وفد ہتھ تٔتی کرو فأصلہٕ۔

سأری:۔ آ آ ۔ جان گژھِ تی۔

مسخر۲:۔ چلوتی صحیح۔ مگر شرط چھُ یہ زِ تیلہِ گو یورِ مسخر پأٹھی گبوان تہٕ گندان گژھُن۔

سأری:۔ (ژرِپۄپ) ضرُور ضرُور۔

مسخر ا:۔ ہے ووستہٕ کارو ترٛ أ دِ وسا وایُن۔

ووستہٕ کار:۔ Playing SURNAI

All going to somewhere with SURNAI,

CUT.

## SCENE NO. 2

Court of King,no one there .Pandit alone in a deep sleep.Chobdar Playing cards.

پنڈِت:۔ کھر وکھ کڈان۔

Only Audio:۔ ہماری مانگیں پوری کرو

مسخریونین زِندا باد

انجمن بہبودی مسخراں زِندا باد

جو ہم سے ٹکرایں گا پانچ پانچ ہو جایں گا

لاال مجنون موردا باد

شیرین فرہاد موردا باد

ہی مال ئائی گی راے ہاے ہاے

پنڈِت:۔ (اچانک ہشار گوھان) تژاہِ تژاہِ ہے مائج

بھگوئی تی! کم سو پن چھهم ہاوان......تژ اوُ پانا تام ہیہِ لر......

Audio:۔ ماگن راجہِ ہاے ہاے

دربارس برتژ او کا کہِ مسخریاد تھاو

CHOBDAR enters in a hurrey

دربأری :۔ ژٔڈ تو کتھا۔نو موہےَ چھُ مُتی آب چومُت ۔

پنڈِت :۔ مولا! مےٚ چھُکھ ساوَنان کیتھہ ۔

دربأری :۔ ہَتہٕ مہرا اژےٚ نہ تہٕ اِدکس۔پنڈِت جی! تاون مہرا پٮ۪یو ۔

پنڈِت :۔ گوٚوٲ خر پٮ۪یو ۔پزی پٮ۪وا ؟

دربأری :۔ ہتہٕ مہرا اِد چھا اِپز ۔پٮ۪یو مہرا پٮ۪یو ۔

پنڈِت :۔ اصل گوٚو۔مےٚ اُس خبر......یہِ پٮ۪ٚیہِ ۔

Audio:۔ جو ہم سے ٹکرایں گا پانچ پانچ ہو جایں گا

پنڈِت :۔ (کھوژان) مولہَ یہِ کیٛاسا ڈلیلاہ ؟

دربأری :۔ یہِ مہرا چھوٚیو ہے......

پنڈِت :۔ کُس سا ؟ ناوچھس نا ؟

دربأری :۔ تاوَن مہرا تاوَن ۔لوٚک مہرا آے سأری ۔مسخر، واین وألی ،بچہِ گُٹ ،لڈی شاہ ، گبوَن وألی ......تنہٕ پتھہِ کس ہِنن حساب ۔جل مہرا کر راجس آلو۔

پنڈِت :۔ رازن......رازن......رازن......

Raja enters

راجہِ :- پنڈِت !ژِ کیازِ تھار یوُمت ہیٚو......

پنڈِت :- رازن! از پیٚو۔

راجہِ :- کیاہ پیٚو؟

پنڈِت :- از پیٚو اسہِ تاوَن تأے از پیٚو اسہِ تاوَن۔

رازن ! تاوَن پیٚو۔

راجہِ :- دلیل کیاہ چھےٚ پنڈِت ؟

Audio :- ہماری مانگیں پوری کرو

یِیلہٕ ترٛاو یِیلہٕ ترٛاو دربارس برترٛاو

راجس یأری أسی اژوسأری Two times

راجہِ :- چوبدار؟

چوبدار :- حُکم سرکأر۔

راجہِ :- تمام فِری یأدِ کٔرِ ز وکھ عزتہٕ تہٕ احترامہٕ سان حاضرِ دربار۔

چوبدار :- حُکمس سپدِ تامیٖل۔ Going out

راجہِ :- پنڈِت پریم کول، خواجا دربأرۍ صأب اور پأ تھرِ کیٚو باقی کِردارو! صبرِ تحملہٕ سان بوٗزی زِ وسأنی سۆتردارتہٕ مسخر کیا ونن۔

سأری:- حُکمس کرِو چشمن منز جاے۔

مسخر ا:- عالی جاہ! أسی حض آے۔

راجہٕ:- Standing up with all

أسی چھِ توہِ اِستقبال کران۔ وُنو کیا چھُ وُنن۔

دوشوے مسخر:- عالی جاہ، عالم پناہ ، جہاں پناہ! تاب گرِ وہَنا۔ أسی وَنو پنٕنی پأٹھی۔ مسخر پأٹھی ۔ تِکیازِ أسی یوت چھِ فراموش کرنہٕ یِوان۔ أخر أسی چھِنا اِنسان، ییتِکی باشندٕ۔

راجہِ:- تتھ کیا شک چھُ۔ توہی وُنو دِل کھوٗلتھ توہِ کیا مسلہٕ چھُ۔

مسخر ا:- عالم پناہ! تأریخ چھےٚ گواہ کہِ اسہِ تُل نہ زانہہ پٕنُن مسلہٕ ییلہِ گرِ تیلہِ گرلوٗکن ہنز کتھ۔ ییلہِ وٗن تیلہِ وٗن لوٗکن ہُند فری یاد۔

پنڈت:- مولہَ! راز ترنگنی منز تہِ چھُ تی لیکھِت۔

دربأری:- اورلارن صأبن تہِ لیو کھتی۔ توہی چھِو لوکن ہنٛدی ترجمان

مسخر۲:- اسہِ مَسا گرِو تھٕنی ۔ اسہِ گژھِ فری یاد مٔشتھ۔

راجہِ:- فری یاد گرِو ٹھنڈ دِلی سان بیان۔

مسخر:-

گٹہٕ کار چھُ وۄ تھمت ژوپأری

لِتھوٕنہٕ حض آمتی چھِ سأری

کہِ أسی فِری یادی آے راجہِ صائبو

شِر مالہٕ تہٕ چایہٕ سماوارا

اسہِ ٔستی حض چھاؤ نمت وارا

بوٚٹہٕ ژیرٕ تہٕ بادام خاٗلی

کہِ أسی ہہتھ ڈاٗلی آے

کہِ أسی فِری یاٗدی آے راجہِ صائبو

چھُکھ ژٕ باگران بس شہزادن

پُرسان چھُنہٕ سیّد بن سادن

کن تھاو کھناسانین نادن کہِ أسی أدی أدی آے

أسی فِری یاٗدی آے راجہِ صائبو

راجہِ :۔ مسخرانِ قوم ! أسی چھِ بہ ہوش و گوش بوزان۔ توہی وٕنو......

اکھ نفر:۔ أدِ پیٚٹھ أسہِ ووران۔ ونان ہے گاٗنٹا گو۔

مسخرا ا:۔ اِشی......شی اے سانہٕ پاٗتھرٕ کہِ راجہِ ! کیاہ چھِنا اسہِ ٔستی ناانصافی زِ از تام ہُاٗ وی و وہکھ توٚہِ صرف امیر بادشاہن ہندی اوت شُری۔ مطلب شہزادٕ۔ کیاہ تمہِ اوت چھادِل۔

مسخرا ۲:۔ اسہِ غریبن چھانِلہٕ وٹھ۔ سون کیاہ زِ چھنہٕ بوزان۔ سانین دِلن منز تے طماہ تہٕ ارمان چھِ۔

ہماری مانگیں

سأری:۔ پوری کرو

بیٚا کھ نفر:۔ جو ہم سے ٹکرایں گا

سأری:۔ پانچ پانچ ہو جایں گا

مسخرا:۔ اِشی......صبرِ صبر صبر ۔

مسخر۲:۔ کیٚاہ صبر۔ تُمسِ مجنونس تہٕ بنہِ ہے ناصبر کرُن ۔ کِنہٕ لُکرِ گاڑی تژ اُونکھ ۔ تِمس نأ گی رایس ؤنی زِ ہے صبر۔ تمی دِژنکھ تل پاتاپچ لاسن لعل جوأہر ۔فرہادن تژ اوِنکھ نوِ کالنی مٔز کنہٕ۔ مگر اسہِ کیٚا بنہِ؟

پنڈِت:۔ ہے ماأج بھگوتی! رکشا کر۔ مولہٕ لو تہٕ کرسا کتھ بہٕ ہَسا چھس کھوژان۔

راجہِ:۔ مسخرانِ محترم!

یم اِلزام توہٕ دِتی وٕ۔ اگر یم صحیح چھِ۔ بہٕ چھس توہِ وعدٕ کران زِ اتھ لاگہٕ بہٕ کمیشن۔

مسخرا:۔ دژ وجر بازرس گیہ ژٔنی ونو کیٚا۔

غریبن دارِ وأچکھ کھِنی ونو کیٚا۔

ہے! کتھ لاگکھ کمیشن

سأری:۔ ٹمبن شن بابا ٹمبنشن

مسخر:۔ وڑ وجرس لاگو ، سڑ وجرس لاگو ، رشوس لاگو ، سڑکن لاگو، کئدلن لاگو ، بڑنگلن لاگو............کیاہ ؟

سأری:۔ کمئ شن ۔

مسخر:۔ ہتھ کتھِ لاگو ، یتھ کتھِ لاگو ، تتھ کتھِ لاگو ، پریتھ کتھِ لاگو ،وتہِ وتہِ لاگو ......کیاہ ؟

سأری:۔ کمئ شن ۔

سأری:۔ کتھ کتھ لاگو کمئ شن ۔

سأری:۔ ٹمن شن بابا ٹمن شن ۔

مسخر۲:۔ عالم پناہ! أسی مانو تیلہِ ییمہِ پأتھرُک اِنصاف ییلہِ أزی کہِ پیٹھِ سأئنس ؤنس پیٹھ مسلہِ اندٕ ن ۔

راجہِ:۔ أسی چھِ توہِ وعدٕ کران تی سپدِ ۔

مسخر:۔ یِ چأنی راے ونہِ تی بنہِ لولو
بہ تہِ روزٕ چأنہِ کنہِ تی بنہِ لولو

مسخر۲:۔ عالم پناہ! تُہنٛد اقبال روزُن بُلند ۔
وونی گری تواسہِ عنایت......

راجہِ:۔ کیاہ ؟

مسخر:۔ سفر خرچ ، نفر خرچ ، جنڈٕ خرچ ،فنڈٕ خرچ ، نارٕ خرچ وارٕ خرچ ، بتہٕ خرچ ، وتہٕ خرچ تہٕ ٹانگہٕ کرایہ۔

راجہ :۔ مطلب ؟

سأری:۔ أسی ہا آے چانے مایے

مسخر:۔ راجا دِتا ٹانگہٕ کرایے۔أسی ہا آے

سأری:۔ أسی ہا آے چانے مایے

مسخر:۔ أسی ہا چموٗ دَمہٕ چایے

سأری:۔ أسی ہا آے چانے مایے

راجہ:۔ ضرُور ضرُور ضرُور۔پٔنُن فیس چھُ توٚہِ حق۔أخرتو ہے

ووِیُو، نوٚ ژُو ، گیوٚو...... پنڈِت پریم کول؟

پنڈِت:۔ حُکم رازن۔

راجہِ :۔ مسخرن دِیو بڈٕ بخشأیش۔

پنڈِت:۔ بہٕ تہِ بوزا گوڈٕ لیلأ یا کِنہٕ نہٕ۔

مسخر:۔ توٚ تام چھُ پوٚ زُ ے۔

پنڈِت:۔ بوزنأوِوتیلہِ۔

بچہِ کوٚٹ:۔ بلبل تے مادل وہنہٕ گولاب پمپوشہِ دستے

پوٚزالیہِ لاگو پرمہٕ شوس شونا تھس تے

Same on SURNAI

Pandit paying gift to dancer.

Every one dancing

CUT.

کأشرِ لُکہٕ فارمہِ منٛز ''اَسن تژ لیہِ''

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط............۱۱

تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلِشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وُڑ ربڈگوم کشمیر

EPISODE NO.11

# کِردار

۱۔ راجہِ

۲۔ پنڈِت

۳۔ دربأری

۴۔ چوبدار

۵۔ مسخر ا

۶۔ مسخر ۲

۷۔ مہرازٕ اکھ بکار نوجوان

۸۔ زون مہرٕنۍ

۹۔ خورش حش

۱۰۔ جبارلون ہمہِر بابہ

۱۱۔ وکیل ا

۱۲۔ وکیل ۲

۱۳۔ گبوّن والی

۱۴۔ سورنے جمات

۱۵۔ باقی نفر ضرورتہ مطابق

## SCENE NO. 1

A Groom in a complete groom dress, running all alone.Two clowns catch him on a way.

مسخر ا:۔ ہےجگرا! اورچھا خأرِ ے ؟

مسخر ا:۔ یعنے کہِ ٹھاسوَن وادماچھُ گنہِ ؟

مہراز:۔ (شاُنش کھألتھ) اَہن ساخأرِ ے چھُ سارِنے مگرٚے وراُ ے۔

مسخر ا:۔ ہا لگیو تۂ لگیو میٲنہِ خودایو ۔ہے مہراز لالا،سونۂ گوٚبرا............

یہِ دستارٕ

مسخر۲:۔ واہ واہ

مسخر ا:۔ یمہٕ مالہٕ

مسخر۲:۔ واہ واہ

مسخر ا:۔ یہِ پوشاک

مسخر۲:۔ واہ واہ

مسخر ا:۔ ژیٚنے مہرازٕ دوہے پژہ گوٚ ے تہٕ کیاٚ زِ ؟اٗخر دلیل کیاچھِ ؟

مہرازٕ :۔ مےٚ چھُ تقدیرس وَر،ازلہٕ لاٗنس کھر، نصیبس کھوچر، طالع چھُم خراب......

دوشوٚ ے مسخر:۔ لوٚ بمت چھُ راوان آسہِ نے طالے ریٚشے مالے ہو(ودان)

مہرازٕ :۔ وٗ دِومَسا۔کم سے کم ازمَتہٕ وٗدی تو۔

مسخر ا:۔ کیاٚزِ ؟ازکیاچھُ ؟

مہرازٕ:۔ ازچھُ مےٚ پتہٕم دوہ۔یتھ زمینس پیٚپہٕ ووٗنی زاٗنھہ ژھاے میاٗنی ۔(ودان)

مسخر۲:۔ مہرازلالا!ماوَد۔ووٗنی ہے وارٕ کارٕ ومنبرٕ وَدنے چھے۔کم از کم ازمہٕ وَد۔

مسخر ا:۔ پتھٕ چھے نہٕ اتھ کاسٹیوٗمس منٛز رژھ ووٗن سجان۔کرژھو پہٕ ژٕ ے مہرازٕ چھکھ۔چون واتیاوَدُن۔

مہرازٕ :۔ ہے بہٕ نَسا چھس نہٕ مہرازٕ۔بہٕ چھس زِندٕ لاش۔

مسخر۲:۔ گوٚیاعقلہِ ناش۔بلکہِ خشخاش۔

مہراز:۔ پوٗ زہَساوۆ نمے ۔مےٗ گے ژورۆری خانٛد رس۔

دوشوَے:۔ اے خودایا۔ دستارٕ گنٛڈی تھے۔

مہراز:۔ نسا۔یہِ لوگُم یہِ فیٛشل دستارٕ أزی ......یوٗ ہے ہبتھ چھُس ژلان۔

یوٗ ہے فوٗرُم کلس تھاوُن۔

دوشوَے:۔ ژلان کوٗت چھُکھ ؟

مہراز:۔ ڈیڈی جانٛنہِ قبرِ پیٹھ وَدنہِ۔تُمی لوگُس تاونس۔

دوشوَے:۔ سہٕ چھا کِنہِ اوس ؟

مہراز:۔ چھُنہٕ۔دپ اوس۔

مسخرہ۲:۔ افسوس افسوس افسوس ۔

مسخرہ۱:۔ ہَیا بے عقل مہرازا! سہٕ بچور پزِ کس عالمس منٛز، ژٕ یَتھ اپزِ کس دُنیاہس منٛز۔سہٕ کیٛا کری؟

مہراز:۔ بہٕ کیٛا مانس تہِ کیٛا گو ؟ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُس کرن۔نتہٕ چھُ شوٗٹھس تہِ مرُن۔

مسخرہ۲:۔ مرن چائٕنی دُشمن ۔مےٗ ونتاژٕ وَنگھ کیٛاژس ؟

مسخرہ۱:۔ تہٕ سہٕ بوزِ کیٛاہ ؟

مہراز:۔ سہٕ بوٗزی تن یا متہٕ بوٗزی تن ۔مےٗ چھُ بوس لوٗ ژراوُن مےٗ چھِونٛن۔

دہشوَے:۔ ووٕنی چھےٚ امے دستارُک قسم۔ ژٕ کیاونگھ ڈیڈِ لیس؟

مہرازٕ:۔ بہ ہَسالالیس ناد۔ کرس ہَسافرٕی یاد......

ہوور بن ستی وارٕ چھُس نو چارٕ کرمیٚون ڈیڈِ یوہو

حشہِ لأینم بچرِ س تھپ کرنو ونس ہینڈٕس اَپ

کلہٕ کھاپرٕ کوٚ رنم ٹھَپ تف کھسم ناڈیڈِ یوہو

گرِ دڑ ایوس تیلہٕ ٹینس سٕے شر چھم وُنہٕ تہٕ سینس

زچہِ ژچہِ ہم نازنینس، مِسکینس ڈیڈِ یوہو

دِلہٕ تلہٕ بہ اوٗسس صاف، رژھ نہٕ کانٛسہِ میٚون اِنصاف

ماجہِ کوربو سِلہٕ تُلھم کِلہٕ دی دی ڈیڈِ یوہو (ودان)

مسخرا:۔ مَساوَد ہے۔ پک أسی نموتھ ژٕ ماگنہٕ ہندِس دربارس منٛز

أسی دِیا ووے ژٕ ے اِنصاف۔

دہشوَے:۔ پک تیز تیز۔

All the leavyng for court of king.

Camera will follow

Cut

## SCENE NO. 2

Court of King.Everyone present.

Audio only :۔ فری یاد ...... بداد...... فری یاد

راجہ:۔ چوبدار؟

چوبدار:۔ حُکم سرکار بندٕ چھُ تیار۔

راجہِ:۔ یہٕ کُس چھُ فری یاد کران ؟

پنڈِت:۔ رازن! سہٕ کُس کرِ فری یاد؟ ساری خلق چھِ آباد۔ ستہٕ سنہ کھوان۔ عأشا کران۔ توہِ چھِ کن فوران۔

دربأری:۔ فوران ہسا چھےٚ أچھ مولہٕ۔ کن چھِنہٕ فوران۔

پنڈِت:۔ أچھن تہٕ کنن کوسہٕ فرخ چھےٚ تیژ۔

Audio:۔ فری یاد عالم پناہ! فری یاد۔

راجہِ:۔ اسہِ چھےٚ کنن آواز یوان۔

پنڈِت:۔ رازن! سارِنے چھےٚ یوان ۔۔ےٚ تہِ، ہُمس تہِ، ہُمس تہِ

تیمِس تہٕ ۔ اتھ منز کو سہٕ ٲو کتھا چھےٚ ۔

راجہِ :۔ پنڈِت پریم کول ؟ (ژکھِ سان)

پنڈِت :۔ آے تہٕ بتہٕ ۔ آدر تہٕ نمسکار ۔

راجہِ :۔ اسہِ چھُ باسان کُس تام چھُ فٔری یاد کران ۔

پنڈِت :۔ مجنون اِڈ ژٔڈی سُند آتما ما چھُ ؟

راجہِ :۔ چوبدار ؟ ڈیڈ پیٹھ دِیو نظر کانٛہہ ما چھُ اِنصاف ژھاران ۔

چوبدار :۔ حُکمس سپدِ تامیل ۔ (نیران)

دربٲری :۔ عالی جاہ ! یِم آسن یِیے مسخر ۔ خبر کُس نوٚو فِتنہٕ ہیتھ آمتی ۔

راجہِ :۔ سٲنی مسخر چھِ سانہِ پٲتھرٕچ شوٗب ۔ اَسی چھنہٕ تمن خلاف اکھ لفظ تہِ بوزُن یژھان ۔

Both the clowns enter with groom

مسخرا : اے سانہِ پٲتھرِ کہِ ماگنہٕ ! بوز تنہٕ منہٕ سون فٔری یاد ۔

راجہِ :۔ فٔری یاد گرِ و بیان ۔ اَسی چھِ تنہٕ منہٕ بوزان ۔

مسخر۲ : ہتا سانہِ ماگنو یہِ ہا چھُ مہراز ے

تازٕ بہ تازے بالکُل سر تازے

مگر ......

سٲری :۔ مگر کیاہ ؟

دوشوٚے :۔ ہتا سانہِ راجو تہِ ناگو کٲنسے یہِ ہا اہنٛز وٲنسے گوٚو ہو ......

یہ ہاہنز وأنسے گو (ودان)

راجہ :- مسخرانِ پأتھر ! ودنہٕ ورأے ۇنو أمس مہرازس کیٛا مُشکِل چھُ۔

أسی کرو اِنصاف۔

مہرازِ یوسُف :- (اسمأنی رنگہٕ پھیرن ، کریم رنگہٕ دستار، ووزُل تاج دستارس بڑ ونٹھ کنہٕ ، ووزُل پأجامہٕ ، پھیکیٚن پیٹھ ژادر تہٕ نألی ووزِ ج تہٕ ہیچ مال ) اے اِنصافکہِ ماگنہٕ ! بہٕ چھُس اکھ سیٛۆدساد تہٕ شریف اِنسان۔ مگر حشہِ ، ہہرِ بابن تہٕ خانہٕ دارِنہٕ چھیٚنم گنڈی لاکم دِژہمٕ۔ تِم اگر دوہس رات وَنن مےٚ چھُ آنکار پہوان کرُن ...... بہٕ چھُس نہٕ کُنی ، تِمے چھ سورُے ۔ نہ چھُ میٛون چلان تہٕ نہٕ چھُس بۓ چلان راجہ! وارِ بوز یہِ چھے بوزِنی لایق کتھ ............

DEFOCUS

## SCENE NO. 3

Camera focuses on an oldage lady

خورش:۔ ہنہہ۔ بہ چھبس دپان ژےٚ کتہِ اُنتھ یہِ زبان۔

مہرازٕ:۔ پوٚز ہے وۄنےٚ مُمّی۔ اگر زون یٚندرِ پن کتہِ ژٕ تہِ کرہس مَدت۔

اتی بنن گرس روپیہ دہ۔

خورش:۔ زونی......زونأے......تلے موج لُجی یوری نیر۔

زوٗن:۔ Enters like a queen کیہہ زِ موجی۔

sorry مُمّی۔

خورش:۔ مُمّی لُج یے ناوس۔ یہِ ہے چھے دپان یٚندرکت۔

زوٗن:۔ My foot

خورش:۔ ہَتے ژٕھنسی بلاے۔ وونی ییلہِ فُٹ تہٕ فُٹرتن۔

مہرازٕ:۔ مُمّی! توٚہی کونےٚ سمجھان۔ اچھا اگر نہٕ تہٕ تیلہِ کرٕ بےٚ کانٛہہ

کأم۔ گرٕس چلہِ گزارٕ ......

خورش:۔ کیاہ ؟ ژٕ کرکھا موٚ زوری ۔

مہرازٕ:۔ تتھ کیا چھُ ۔ گرٕ بساونہٕ باپتھ چھُم کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن ۔

خورش:۔ ہَتا وُٹو چونٛٹ ۔ بہ ہادِ مے پزاژن تٕرتھ پیٚتی ۔ ژٕ کروٚژوٚر ڈاکہٕ تژاو، تھپہٕ دِ ۔ مگر موٚ زوری دِمے نہٕ بہ کرنہٕ ۔ اَسے

لوک تھوکہٕ ژھنن اگر ژٕ کأم کرکھ۔

زوٚن:۔ مُمّی ! اُمِس وَنی اگر یہِ موٚ زوری کرِ بہ ہے کھیٚمے زہر۔

خورش:۔ زہرہے کھیاوَن بہ یہِ ہیہِ پیٚتہِ یُس چھُس تتہِ سہُ ۔ توباہ توباہ یہِ کرِ کأم ۔ اسہِ گُس عزت روزِ ؟

مہرازٕ:۔ تیلہِ ژٕنو توہی بہ کیا کرٕ؟

خورش:۔ ژری یاوس دِتہٕ ووٗتھ ، تارِ لاگتہٕ پان ۔ ہنٛہہ ......ژے ہا چھے صِرف تہٕ کرُن یہِ بہ وَنے ۔

Father inlaw enters.

جبارلون:۔ دوٚپمے ہے نتہٕ کیا کرِ یہِ ۔

خورش:۔ دَب دِیہِ ، رب کھیٚیہِ ۔ دوٚپمے یہِ چھے حبہٕ خوتونہٕ ہنٛدی پاٹھی بارو دِوان ۔ ڈیڈیو تہٕ ڈیڈِ یو...... پتھٕ چھے دپان شوٗتھ کرِ موٚ زوری ......

جبارلون:۔ کیاہ ؟ کیاوۆنتھ ؟؟؟

خورش:۔ تی یہِ ژےٚ بۆ زتھ۔ مۆ زورکی ......ہتھ......

جبارلون:۔ بوزُوہومُشٹنڈا! مےٚ ہاگے ۴۵ ؤری خاندرس۔ مےٚ ناچھُنہٕ زانِہہ تہٕ حشہٕ ہہبر بابہٕ ہندِس ونَس ادلہٕ بدل کوٗرمُت ژےٚ گےٚ نہٕ ڈاے دوہ تہٕ ژےٚ لاگتھ نکھرٕ۔

مہراز:۔ تیلہِ چھُس نا بہ کہنی؟ آخر مےٚ تے زُوا جانا چھُ، دہماغا چھُ۔ مےٚ چھُنا سوٗنچُنگ تہٕ حق ؟

جبارلون:۔ حق گوژھارُن دودرہامہٕ۔

زۆن:۔ ژےٚ ییلہِ حق چھےٚ مےٚ چھُنا ؟ بہٕ کیا گرگُپن چھیسہٕ؟

خورش:۔ کری ژھوپہٕ گُپن ہے چھُ یوہے۔

جبارلون:۔ بوزُ ہو! ییلہِ ژےٚ دِل تہٕ دہماغ یازُو جان آسہی۔ تیلہِ ما کرناوِہی مول مُنزِم یارِس اتھ بۆلی۔

مہراز:۔ کیاہ ؟

خورش:۔ پژاہ ژےٚ شوٹھس رِکیت۔ ژ ہا چھُکھ اسہِ داجس مُلی ہیوٗ تمُت منقول وغارمنقول۔

جبارلون:۔ اِسلیٔ چھےٚ ژےٚ صِرف تہٕ کرُن یہِ اُسی وَنو۔ ژ تھاوپَنُن دِل، دہماغ تہٕ عقل وَقل ؤتھ۔

خورش:۔ ہتھ......

زٕوٗن:۔ ہنٛہہ ......

جبارلون:۔ یُوزتھٕ! یِمن عقلہِ رٲژھ تہِ آسہِ تم چھنہٕ ببکارن خانٛدر کران۔

آ......(نیران)

مہراز:۔ ہتامیٲنہِ پانوتہِ ناگوکٕانٛسے یہِ ہامیٲنہِ وٲنٛسے گو
خانٛد رمتہٕ اٲسۍ تن کٕانٛسے یہِ ہامیٲنہِ وٲنٛسے گو
خوداياژٕ ے کرُم مےٚ گُلزار نارس
فٕرم شہمت کرُن خانٛدر ببکارس
مٕژرِم یار ژٕو وَلوتاون مےٚ ژٕھنتھم
رٕٹِتھ کمھشن مےٚ اکھا کھ موے کُنتھم

DEFOCUS —

# سین نمبر ۲

SCENE NO. 2 Again

Focus to MAHARAZA

MAHARAZA In the court of King as

In Scene 2

پنڈِت :۔ مولہٕ ! مساتژ اویم چنگہِ فیری ۔ژٕے گٔمٕ سا ہونٕ اوسٕے ژۄپ دِیُت مُت ژٕے کریۄتھ بکاری منز خاندر۔

دربأری :۔ عالی جاہ! بکارن ہنٛدِس خاندرس گژھِ پابندی لگنی۔

راجہِ :۔ اسہِ چھُ افسوس دُنیا بدلیو۔ مگر اسہِ چھنہٕ تہِ بوزنہٕ یوان زِ کیٛا پزِ تہٕ کیٛا نہٕ پزِ۔

مسخرا :۔ عالی جاہ! یُتھے اسہِ روپیہِ دہ بنان چھےٚ۔ یا تہٕ چھِ أسی

پژ اَنِس مکانس پش والان نتہٕ وازس سے کران۔

مسخر۲:۔ مطبل: نچوس خاندر چاران۔

دوشوے مسخر:۔ مانٛزلاگو یوٚکی یے وٚلی یے اسہِ ہَبا کاٹژ ڈٕلیے لو
ڈُمبرِ پیٹھ تھاووتھ تاونس لاَرِگتھ، داج باگراَوِتھ نی مویو
آے تہٕ بتہٕ۔ مولہَ! سالہٕ بتہٕ ہَسا گوٚمُتی تھے۔

پنڈِت:۔

مسخر ا:۔ پنڈِت جی مہراج! تہِ چھنا اسہِ گوڈٕ تہٕ وۄنُمت۔

درباری:۔ خبر کیاہ ؟

دوشوے مسخر:۔ ترقی گرزمانن تاَے، ہو......اَسی رٕٹی واڑٕ وانن
چانٛٹھن اسہِ موٚکھ دوہے ژٕرون تے اَسی رٕٹی واڑٕ وانن
خانٛدرکو ربکارن تاَے، ہو......سِتم تُل بے چارن
مہراز کِنتھ ژھُن ژٕردیارن تے اَسی رٕٹی واڑٕ وانن

راجہِ:۔ آڈر آڈر آڈر۔

پنڈِت:۔ مولہَ گرِوسا ژھوپہ۔

راجہِ:۔ سوٗرے دل واژُل یوٗ زِتھ چھُ اَسی حُکم دِوان زِ یِمس مہراز
سُنٛد مول تہٕ موج گژھِ داج رٹنہٕ رکس جُرمس منٛز اَٹھن
دوہن تتہٕ ھِ اووَرلوڈ بسہِ منٛز برنہٕ یُن۔ یتھ نہٕ گاش تہِ
تران آسہِ۔

دوشوے مسخر:۔ اَتی کیاہ تربکھ فِکرِ کِہی چھُ گز۔

پنڈِت:۔ گژھسا......کلرٹی وی۔

راجہِ:۔ مہرازِ چھِن اُسی باعزت بُری کران۔

مہرازِ:۔ مگر عالم پناہ! یہ کوٚت گژھ؟

پنڈِت:۔ ہوو رہسا مولہٕ تہٕ کوٚت۔ اٗخرتمن گس لوِ بژ انڈس۔

پنڈِت:۔ (مسخرن کُن) مولہٕ دِیو سا آلو۔

دوشوٕے مسخر:۔ مہرازِ سون روٗٹ ببکاٗرِیے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ وا
سون پاٗتھر چھناوِ نہِ جاٗرِیے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ وا

SURNAI VAAD Added

End of episode

کاشرِ لکہٕ فارمہِ منز "اَسن ترٛ ایہِ"

# لکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط............١٢

تحریر:۔ غلام علی مجبورؔ واتھورہ

ترتیب:۔ غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورژ وڑُر بڈگوم کشمیر

# کِردار

۱۔ راجہِ

۲۔ درباٗرؠ

۳۔پنڈِت

۴۔ چوبدار

۵۔ وکیل ۱

۶۔ وکیل۲

۷۔ مسخر ۱،۲،۳

۸۔ آسنہٕ اکھ نوجوان گرِ پیٹھک

۹۔ خاےٚت آسنٕز حش

۱۰۔ خٕتج آسنٕز خانہٕ دارِنۍ

۱۱۔ عمہٕ پرے ہہر بابہ

۱۲۔ گُلہٕ میر اکھ ہمساے

۱۳۔ سورنے جمات

۱۴۔ نژن وألی

۱۵۔ گبوَن وألی

۱۶۔ عام لُوک حسبِ ضرورت

# SCENE NO. 1

A young man (groom)kooking food inf-
ront of a house ,his wife and mother inlaws sitting comfortably nearby on varandaa

مہراز :- مےٚ چھُ پانہٕ کھران وَنی پان پۄنُن
سخ کرٛ وڈھ مےٚ پیٛو مہرازٕ بنُن
مےٚ چھُ وارٕ پتاہ نَوشہرٕ اوٚنُکھ
لچہِ زیِٛو ٹھ مےٚ نُو دستارٕ اوٚنُکھ
دِیُٛت رتہٕ چھپہِ فاتس پان پۄنُن
مےٚ چھُ پانہٕ کھران وَنیِ پان پۄنُن
سخ کرٛ وڈھ مےٚ پیٛو مہرازٕ بنُن
کتھ لو کچارس ڈُبہٕ ڈاس گوٛم

ارمانن سئتیاناس گوؔم
گجہِ زول مےؔ پان پئُن
مےؔ چھُ پانہٕ کھَران وونی پان پئُن
سَخ کرُ وٹھ مےؔ پیُو مہرازِ بئُن
گنڈ چائِنٹس پڑ اڑن ترُوپ مےؔ دِتُھ
ژھوؔٹ بوٗ زِوأسس تھوؔپ مےؔ دِتُھ
قُلفہٕ رؤ ستُے مےؔ ہَسا گو وان پئُن
مےؔ چھُ پانہٕ کھران وُفی پان پئُن
سَخ کرُ وٹھ مےؔ پیُو مہرازِ بئُن

Just hear comes his mother in law near him

خأت:۔ ترُ اُوتھ اُلہر آسنا! گوؔیا دَم ۔لوؔگ کھامِیانہِ بلایہِ ۔ دوہس ہا چھُکھ حبہٕ خوتونہِ ہئدی پأٹھی بارو دِوان آسان ۔ چاے گُرتھا ؟

مہرازِ:۔ واہ موج! نِرِ چھسم زِ ۔ بتہَ رَنان چھُس ۔ یہِ گژھم تیار تہٕ بہ انے ژےؔ چاے۔

خأت:۔ ہَتا پیٚیا کرُاے ۔ ہیٚرِ بونہٕ گُس اُشنا وڈُوِی پتہٕ۔

مہرازِ:۔ موجی! ڈُوَن فش ہے دیُت مےؔ ۔

خأت:۔ ہے مِنّت ہے تھاوُتھم ۔ ڈُوَن فش لوؔگُے ۔ یمہٕ لیٖثفہٕ وورِ گُس

موٗل چھلی۔

مہراز:۔ واہ موجی! تمہٕ تہٕ ہےٚ چھجہٕ مےٚ۔ ژٕ اُسکھ ناشونٛگتھ۔

خاتٕ:۔ ہیا اُس ماوہر۔ پیٛو کھاوٕستھ۔ وۄتھو جل جل بڈٕ گٹھٕ چھلو وٕ ٕگوی۔

مہراز:۔ ہیٚے موجی! اِنصافا کرتے۔ بہ ہےٚ پیٛوس پتھر صُبح پیٛٹھٕ......

خاتٕ:۔ ہیا بہہ والا پتھر کمیوٕستی پیٛوکھ۔ اگرنےٚ وٕ ٕگوی شامہٕ بزٕ وٗنٹھ چھیٛلتھ آسنےٚ ...... پتہٕ وٕچھکھ میٛون بتھ۔ مُفت بتہٕ ہےٚ کھبوان چھکھ۔

مہراز:۔ موجی! مےٚ ہےٚ چھوٚ وُچھمُت تہٕ تہٕ وِچھٕ تہٕ۔

خاتٕ:۔ خبر کیا وُچھت ژےٚ۔

مہراز:۔ وُچھم نےٚ ژےٚ ہیٛو کانٛہہ خطرناک موجی
زُوس ہےٚ میانٛس کوٗرت ڈاک موجی

## SCENE NO. 2

Two SUTERDAARS beating dum informing common folk about their new PATHER.

مسخرا:۔ (ڈول وأیتھ) بۄزِو بۄزِو بۄزِو۔ ہوشہِ گوشہِ سان بۄزِو............

مسخر۲:۔ بۄزِو بۄزِو بۄزِو......اگر نہٕ بۄزِوتہٕ پرواے چھُنہٕ۔

مسخرا:۔ گرٕنَے تھف۔یہِ ماوَن۔ بۄزِو بۄزِو بۄزِو۔ کن دأرِتھ بۄزِو

مسخر۲:۔ سانہِ پأتھرُک گُل رُوتہٕ گُل اندام گُل فام یعنے مُعتبرِ طوطہ رام......

مسخرا:۔ ہَیانٕج یابریک۔ زان ہاچھُکھ ٕکنان ترٛام۔ سِیٛو دوَنتا سانہِ پأتھرُک موقدام۔

مسخر۲:۔ کیٔا موقدَم؟

مسخرا:۔ ہَیا، کہو گوٚے ژٔرے؟

مسخر۲:۔ خدایا موقدَم۔ پزٕی یا موقدَم۔

مسخرا:۔ اہنٛو موقدَم ہا۔ مگر ژٔرے کیٔا گوٚے ؟

مسخر۲:۔ ژٔرے چھے ناہٕو زمُت: ورٕ ہجہِ مکوٚے پرنے آسی

حشہِ نے آسی نوش تے زام

موقدمس نے فوکدم آسی

گامس تُلنے شامس تام

دوشوٚے مسخر:۔ ہے! گامس تُلنے شامس تام

گامس تُلنے شامس تام

مت لو اِن دونوں کا نام۔

یِم گٔے دوشوٚے سخ بدنام

گامس تُلنے شامس تام

مسخرا:۔ ہَے اف

مسخر۲:۔ سُوس Two times

مسخرا:۔ اگر ما گن راجس پے لگہِ زِ اُسی چھہِ ووٕل شوٕل

ونان۔ ادلہٕ بدل ونان۔ تیٚلہِ مان تہٕ نوکری گٔیہِ۔

مسخر۲:۔ تپالہِ۔ گرٕشھِ کوٚتو۔ ییٚتہِ ناگٔیہِ نہٕ تمن یموشششتر

کھیٔو، سیمنٹ کھیٔو، سیرِ کھیٔیہِ، لُکر کھیٔیہِ، سڑکہٕ کھیٔیے کوچہٕ کھے، زمین کھیٔیہِ، اسمان کھیٔو..........اسہِ کیا کھیٔو؟

زہر......کتھ گیہِ اور یور۔ پگاہ پھرو زبان

مسخرا:۔ واہ: لگیا اتھ گاٹہٕ جارس۔ زبو پھرِنی چھا کوہ پھرُن۔ بہ دیکھ میٔون بیان آو توڑ مروڑ کرِ پیش کرنہٕ۔

مسخر۲:۔ گوکھ وِرِ۔ ہیا پارے تہِ دِیٔو......باقی متہٕ برتہٕ ژٕ پرواے۔

مسخرا:۔ حضرات! پگاہ دُہچہ ساڑِ دونہٕ بجہِ کرِ سانہِ پأتھرُک ماگنہٕ موہدے کھلہٕ وارِ ہنٛدِس بوٚٹہٕ ٹُلہٕ گُلِس تل دربارِ عام۔

مسخر۲:۔ اگر توہِ منز کأنسہِ کانٛہہ مسلہٕ آسہِ، مُشکِل آسہِ، شِکوٕ یا شِکایت آسہِ۔ سہُ واتناوِ پنٕن درخواست سیٚدِ سیٚوٚد اسہِ نِش

مسخرا:۔ أسی کرناوس تحقیقات۔ حضرات! بعدِ گزرنے میعاد چھو نہٕ أسی ذِموار۔ سون ماگنہٕ موہدے واتہِ۔

مسخر۲:۔ پگاہ دُہچہ ساڑِ دونہٕ بجہِ کھلہٕ وارِ ہنٛدِس بوٚٹہٕ تھلہٕ گُلِس تل۔

مسخرا:۔ اِسلیٔے أنی زبو پگاہ سُلی تش......

مسخر۲:۔ ریف۔

مسخرا:۔ سون ماگن راجہِ أنزراوِ عام لُوکن ہنٛد بن دِلن ہنٛدی

سأری نیاے تہٕ بأ گراوِ......

مسخر۲:۔ پھوٗ تربو پھوٗ تربو لول تہٕ ماے۔ اسہِ چھنہٕ ونی ییتہٕ کانٛہہ پرواے۔

کوکربن تامت ژلہِ ونی پڑاے۔

مسخر ا:۔ (Beating drum) بۄزِو بۄزِو بۄزِو۔ ہوشہِ

گوشہِ سان بۄزِو۔ Going on ,camera will fallow

CUT

## SCENE NO. 3

Court of King being kept ready.The clowns decorating the court.Just then the King appears with his officials SURNAI - VAAD is played the dancers danced. Clowns Shout Slogans-

اکھ:- آ گیا جی آ گیا

ساری:- ماگن راجہِ آ گیا Three times

مسخر ژور:- سائنس گامس موخترٕ آو چھکنے ۔ ماگن راجہِ ہنٛدِ پکنے ستیٛ
یُتھ نسا گرٛھو سون ملالے ۔ أسی ہَسا چانہِ اقبالے آے
نٟیاین سانٛین گرِ وفأ صلے چھُکھا ماگن سون تحصیلدار ۔
مبتھ مازرۆ نمے وبتھ ہنٛدِ آبے ۔ گبہِ مازرۆ نمے ربہِ آبے

مسخر ا:- ماگن راجاہو ماگن راجو

سأری:۔ أسی ہاچھی ژے ستی سأرِیے

پنڈِت: خاموش خاموش خاموش

دربأری:۔ ہے ژھوپہٕ،ژھوپہٕ ہَسا ہے

چوبدار:۔ چُپ لُوکو چُپ

مسخرا:۔ سوٚ گُرموٚ گُرتس پتہٕ ژوٚ گُریُس کتھ کرے۔

پنڈِت:۔ آ ے تہٕ بتہٕ (رجسٹر کھولان)

راز ن! کاروأئی کروا شروع۔

راجہِ:۔ أسی چھِ أزِچ کاروأئی شروع کرنک حُکم دِوان۔

پنڈِت:۔ رازس أسِن جے جے کار۔ آدرتہٕ نمسکار۔

اُنِ ساموٚلہ آسن راتھر خانہٕ دامادہ مُسمات خأتی سا کِنہ دیہہ۔

چوبدار:۔ آسن دامادہ خأتی سا کِنہ دیہہ۔

آسن دامادہ خأتی سا کِنہ دیہہ۔

مسخرا:۔ کوٚ تُو گوکھ غأب آسنا! واہی چانہِ کھوتہٕ ہا اوس نہ آسنےٚ جان آسنا......

مہرازٕ:۔ جِناب بہ حض چھس حأضیر۔ مگر بہ چھس نہٕ خانہٕ داماد۔

مسخرا:۔ پکُو برٛونٹھ پہن پہٕ چھُکھ تہٕ تہٕ۔

وکیل ا:۔ عالم پناہ! تو ہِ آسہِ تیمی سِندِ آسنہٕ تلے فِکرِ تو رمُت زِ یو ہے چھُ آسنہٕ

مسخرا:۔ أہنٛدِس آسنس کُس شک چھُ؟

وکیل:۔ عالم پناہ! یہِ نوجوان چھُ اکھ شریف تہٕ سیٹھٕ دساد گرُک خانہٕ مول تہٕ اکہِ وولہِ دولہٕ گرُک خانہٕ داماد۔ أمِس چھےٚ حش موج ،خانہ دارینٛز تہٕ ہہرِ بابہٕ بر ناحق بے جا ستاوان۔ أمِس چھُ توٚے دِل ہٕنٛدر یُومُت۔

پنٛڈِت:۔ کیٚا سا مولہَ ......حشہِ ہہرِ ہِندِس پیٹھ چھا دِل ہٕنٛدران۔ییٚلہِ یُوتاہ نوزُک دِل اوسُکھےٚ تیٚلہِ کیٚازِ گوٚیوکھ گرِ پیٹھٕ؟ ژےٚ چھےٚ نابُوزمُت گرِ پیٹھُک گوبرٕ پیٹھُک ہوٗن۔

خأت:۔ تہِ متہٕ ونٛتس۔أمِس ہٕنٛدری دِل۔ہٕنٛہہ......ہَتو بہ ہوکھےٚ یوٗکہِ وچہِ تہٕ ژکہٕ ژوچہِ۔ووٗنٛد میَویہِ دِل نوأرِس۔

پنٛڈِت:۔ (کھوژان) ہتہٕ بی ہَتہٕ بی سہٕ ہِی گوگرِ۔ییٚ دربار چھُ۔ذرا کرسون لحاظ۔

مہرازٕ:۔ اے اِنصاف کرن والہِ راجہِ ! یہِ گوٚتوہِ تھی حال۔توہِ پتہٕ کیٚا بنٛی رایہِ یہِ شوٗٹھس۔

خأت:۔ ہَیا کرُوژھوپہ۔بےٚ شرما۔ژٕ لاگناوکھامےٚ پأتھرٕ تہٕ بہ وِچھےٚ تماشہِ۔ژٕ رکھو پوٗنٛڈا چھُکھا زینان۔اکھ نہٕ ذِی زیٛنن یہِ کرکھنا گرکأم تہِ۔

پنڈِت :۔ کیٚا سامولہ یہِ کیٚاہ ونان ؟

مہرازٕ :۔ بہ جناب چھُس ببکار ۔ کرٕ ے تہٕ کرِ کیٚاہ ۔ہَتہٕ بُڈی درخواست دِتھ تہٕ لۄگُس نہٕ کُنہِ ۔نوموبنوٗس زبردستی خلنہٕ داماد۔

راجہِ :۔ پۄ رمُت کوتاہ چھے؟

مہرازٕ :۔ عالم پناہ! بہ چھُس MA

دربأری تہٕ پنڈِت :۔ او......MA

راجہِ : کران کیٚا چھُکھ ؟

مہرازٕ :۔ بہ تہٕ سیُٚن رنان، پلَو چھلان، بانہٕ چھلان ......عالی جاہ! بہ چھُس تہِ سورٕ ے کران یہِ اکھ شرٕ مدارنوش کران چھےٚ۔

پنڈِت :۔ مطلب؟

مہرازٕ :۔ لِوان چھُس بہ کچِنس ڈُوان چھُس بہ دانس

بہ حض لوگہس پۄٚرِ تِلوأنی وانس

اکے نظرِ أہنٛدے ڈلان چھِم مےٚ بڑانس

بہ ژلہٕ ہامگرتتھ یِوان چھِم نہٕ چانس ......ودان ......صِرف کأم، پامہٕ ......بہ نۓ ببکار آسہا......

سأری :۔ کلہٕ یون کُن تژ اوان۔

مسخر ا :۔ کیٚا ساہے! کلہٕ کیٚا زِ تژ وڈٕ و کھوڈس ۔اتھ ببکأری ہے بنہٕ تہٕ بنبس کیٚاہ۔

مسخرہ ۲:۔ ببکأری کیاہ بنہِ ؟ بنہِ کیاہ یمن ببکارن تہٕ لولو

راجہِ صأبُو کینژھا وَنتہٕ لولو

پنڈِت:۔ مولہ پأ تھٕر مَسالاگ۔ یہِ ہسا چھُ دربار۔

(راجہِ دربارس کیٛاہ تام اِشارٕ کران، دربأری پنڈِتس کنس تل ونان، پنڈِت مسخرس کنس تل ونان، مسخرہِ بیس مسخرس کنس تل ونان)۔

مسخرہ ۲:۔ ہُزِ و سا ہے ......! پأتھٕر چھُ جأری۔ مسلہٕ اندن سأری۔ مگر أسی یہِ کینژھا۔ یتھ پأتھرس مٔز کران چھہِ تہٕ چھہِ نفرٕ باپت کران ۔ اِسلئے نموٗ نفرٕ امارٕچ اکھ لوٕکٹ بڑ یک تہٕ کھیمٗو کیک۔

CUT

## SCENE NO. 4

Ayoung man with Aasan'.s(groom,s)

mother in law and his wife.

گُلہٕ میر:۔ کاک دبدی ژٕ بوزی میٚون ۔اگر توٚہی راضی نامہٕ گرِو عزت تہٕ بچہٕ تہٕ کتھِ نیرن نہٕ پاشہٕ ۔زِکاہن ما چھےٚ خطیج خانہٕ نِشین؟

خأت کاک دبد:۔ نبا نبا نبا ۔اُمی ہے بہ گُچھیر بن کھأئحس ۔بہ نَے اُمِس ءتیٚ وارِ یہٕ نہٕ۔ نبا نہٕ۔

گُلہٕ میر:۔ کاک دبدی اُخر چھےٚ ژٕنے خطیجہٕ کُن وُچھن ۔کورِموج ہےٚ چھکبھ ۔ژٕ کونہٕ سونچان ۔اگر دہنے دوٚہن بتہٕ پیٚپی رُنن یم اتھِ ہے گرِ دھنَے ,کرِ دہنی۔

خطیج:۔ تی ونتَس ۔یہٕ چھےٚ نہٕ یوٚرِ چ کتھے سمجھان۔

خأت:۔ ہَیے ییٚلہِ ژٕ ے یُوت جیرٕ چھے آمٕت ۔نیرِی ژٕ تہِ تُسی ببکار آسنس پتی ۔ گرٕ شِہی دَفا۔

Father in law of groom enters.

عمہٕ پرے:۔ گُلا ژٕ ما چھُکھ اسہِ کانٛہہ نُو ژھل ہیتھ آمٕت ؟

گُلہٕ میر:۔ اَسَّلام عَلیکُم۔

عمہٕ پرے:۔ یہ کیا چھُ وُوران گُلہٕ ؟

خٔطیٖج:۔ دٕپان مُقدِمس کرو راضی نامہٕ۔

عمہٕ پرے:۔ اَسے چھا مُقدِمہٕ کوٚرمُت ؟ییمی کوٚرمُت چھُ لڑٲی تن حالس سہٕ زور۔ وٕچھو کوٚت واتہٕ۔

خأت:۔ دوٚپے ییٚمس چھُکھنا وٕچھان۔ اَ لہٕ گٔڈر ہیٚو کیا چھُس بتھ گوٚمُت۔یہِ تہِ چھے تٔہنز ے رزٕ۔

گُلہٕ میر:۔ عمہٕ پچا یہٕ نا گژھِ نہٕ جان۔ أخر چھِ أسی کورِ مأ لی ۔تس بچارس تے صُبح شام دالہٕ چھُ وسان۔

عمہٕ پرے:۔ گُلا ! گوکھا ڈُلہٕ ۔نیرُو ٚیتتھ دَفا۔مےٚ مادِ طیش۔ بہ ہا کرے پھلہٕ پیٚتی۔

خأت:۔ یہٕ وٕ چھ......دابہ کیا چھُ ونان۔......اَسے۔

گُلہٕ میر:۔ ہتا بہ ہا چھُس سوٗنچان حکیمس تہٕ حأ،کمس نِش ہے نجات بنہٕ ہوٚ جانے گوٚیو۔مےٚ کیا میأنی ،کنٛہ وٕ سی ٹٔھو بستہٕ لڑایہِ

وانہٕ ستی۔

خأت:۔ ہَتا بستہٕ وٕ ژھیا پانس۔ بیہِ بیٚتہٕ یُس چھے تتہِ تمن۔ بستہٕ وٕ ژھیا آسنس۔ نیرُ ویتتھ۔ بہ ہادِمے زچن پچن دُونی لۆگکھامیأنس خانس چھپہٕ۔

عمہٕ پرے:۔ (تھاپر ترٛأوِتھ) دَفانیر بےوقوف، احمق......

خُلج:۔ ہَتا ہَتاماأری دُونہٕ نِکور۔

Ama and Khati draging Gula out.

cut

## SCENE NO. 5

Court of King.Aasna,Khati,Khatji and Ama present.A laughter arises.

راجہِ :۔ آڈر آڈر آڈر۔

پنڈِت :۔ یہِ ہَسا گومولہ کھبنہٕ منٛزٕ ووگُس ۔ یُتھ زامٕترِ ی لُرٕکہٕ نَسابنہٕ وٕنہٕ خابس منٛز۔

خأت :۔ پرٛیمہٕ جُوا! مُسا گرٛھ أہنٛدِس بُتھِس کُن ۔ یہِ ہَسا چھےٚ سانٛگلٕ دربارس منٛز ۔ أسی چھِ شریف ،خانہٕ دأنی ۔ أمی ہے أسی خجِل گرِی ۔ مےٚ نَسا چھنہٕ وَننےٚ تگان۔

جبارلون :۔ جِناب تس چھنہٕ بُتھُے ٹھَمان ۔ سو چھےٚ کتھِ ہِتی گلِتھ گرٛھان ۔ وون کتھ بُڈِتھ (اُدس) گچھیر بن کھسُن ۔

عمہٕ پرے :۔ مےٚ چھنہٕ وننےٚ تگان کینٛہہ۔

راجہِ :۔ دھن بأژن ہنٛزلرٛأ اے گیہِ وہراٗ ژھُنٛد رُود۔ اتھ لگِہٕ نہٕ سٔعُن۔

آسنہٕ :۔ عالم پناہ! ییٚلہِ یہِ دہن بأژن ہٕژ لڑاُے آسہے ۔ تیٚلہِ کُس مسلہٕ اوس ؟ عالی جاہ! یہِ چھُ ژون بأژن ہُند جنگ ۔ بہ آس تنگ ۔ مےٚ دِیٲ ونأوِ وموکجار ۔ بہ چھُس بے کار

(ودان)

ژھٕج :۔ مِیانہِ ڈٕبکا! ماوَد ۔ از ہاتو رمےٚ فِکرِ کہِ ژٕنے ورأے لٕوٕ نہٕ بہ کھٕئنڈ ہارتہِ ۔ پکُو بہ ہاکنہٕ پٕٹن جادادتہٕ ژٕ لاگنا وتھ گٕنہِ ۔

آسنہٕ :۔ مِیأنی ژھٕجی مِیون ہیٚونے کأنسہِ گو

ژھٕج :۔ مِیانہِ آسنو ۔ یتھ یہِ گوتےَ تتھ تہِ گو

آسنہٕ :۔ ژھٕجی......

ژھٕج :۔ آسنا......

Both comming nearer to each other

چوبدار :۔ ہُشیار، خبردار! یہِ چھُ دربارتہٕ تو ہی چھُو پیشِ سرکار ۔

پنڈِت :۔ مولہ! یہِ نسا چھنہٕ گرِ بار ۔ کأژی تھأوِ وسابرقرار ۔

دربأری :۔ عالی جاہ! مےٚ چھُ باسان یم زٕ بأژ چھِ رأضی ۔

راجہِ :۔ تہٕ چھُ صحیح مگر دوشوَے چھِ بیکار ۔

وکیل ا :۔ سرکار! توہِ بۆزِو سأری دأدی کانٛگر ۔ ووٚنی دِیو اِنصافُک رُت فأصلاہ ۔

وکیل ۲ :۔ یُتھ یہِ دنٛد وزن ژٕلہِ ہے ۔

مسخر:۔ سارِنے دِل پھولِہ ہے۔

راجہِ:۔ سون فأصلہِ چھُ یی زِ ییمِس نوجوانس گرٛ ھِ صرف تَمی دوہٕ بتہٕ دِیُن ییمہِ دوہٕ یہِ کأم کرِ۔ تا کہِ باقی بہٕ کار تٕر اوَن نہٕ یڈ ییٚلہٕ۔ اورتہٕ تام سوچُن نہٕ خاندرس مُتلِق یہٕ تام نہٕ کینٛہہ کماوَن۔ لُکہ ہنٛز کوٗرواتہٕ نہ دربدر کرِنی۔ آخر أسی تے کورِ مأڈی چھِ۔

پنڈِت:۔ آے تہٕ ........... مگر بتہٕ ہَسا کوٗر ہے مولہ بنٛد۔ گرٛ ھ چھل تام دنٛد تہٕ کھسےٚ ہنٛد۔

SURNAI VAAD

CUT

کأشرِ لُکہٕ فارمہِ منٛز "اَسن تڑلیہٕ"

# لُکہٕ پأتھر

# پأتھر چھُ جأری

قسط.........۱۳

تحریر:. غلام علی مجبورؔ واتھورہ
ترتیب:. غلام محی الدین عاجزؔ

پبلشر:۔ نیشنل بھانڈ تھیٹر واتھورٕ وڑ ربڈگوم کشمیر

# کِردار

۱۔ راجہ

۲۔ دربأری

۳۔ پنڈِت

۴۔ رانچھا

۵۔ رانچھاسُنْدمول

۶۔ ریڈوول

۷۔ کأشُر

۸۔ مسخرا

۹۔ مسخر ۲

۱۰۔ سورنٕے وأل

۱۱۔ ژٕن وأل

۱۲۔ گبوٕن وأل

۱۳۔ تھیٹرُک صدر "اصلی مأگن"

# SCENE NO. 1

A Panjabi oldman with his young son, asking about Pather and the court of King.Both on a Panjabi Reda near a brick kellen پنجابی ریڈس پیٹھ سیر بٹھس نزدیک

Pahjabi Reda on the road leading to a kellen.

Audio:- باغاں وِچ آیا کرو۔ جب میں سو جاواں میری مکھیاں اُڑایا کرو۔

او سونڑیے...... چنڑ میرے

او میری ہیرے...... دیکھ ترارانجھا آ گیا

Reda stops

بوڑھ پنجابی :- میں کیا چپ۔ گاڈاتے بجھانڈا۔ پانڈ ادا پتر ......

چُپ کہٕ۔ میں نوں اُکھنڈدے......

اوے مُنڈِیا......اورے مُنڈِیا......

اکھ کائشُر:۔ مےٚ چھُکھ ساوَنان (لوَن ہیتھ)

پنجابی:۔ آ آ۔ سے چھُ وناندٕ......سے کوٚرُس آلو......

کائشُر:۔ اسلام علیکُم (نزدیک ہیتھ)

پنجابی:۔ وَعلیکم سلام۔مےٚ ماچھُ پتاہ یہٕ۔

رانجھا:۔ مٔیون ہیر کتہِ آسبس؟

کائشُر:۔ کیاہیر؟ کلہٕ ہیر ہارِکنہٕ بٕڈٕ سیرِ۔گوڈٕ تڑٲوِکھ سرسبز کھہن منز بٕڈٕ......

پنجابی:۔ پُترا!أسی چھُس ناسیرِ بانگُر۔أسی چھُس بدل نفر۔

کائشُر:۔ توہِ کوٚت چھوٕ گڑھُن؟بٕڈٕ چھوٕ ہو کیا۔توہی وأتِو......

رانجھا:۔ ہلو یارا!أسی چھُنا سیرِ بناوان۔مے چھُ پنجابی عاشق......

کائشُر:۔ ہیا یارا! یہٕ ہا چھےٚ کٔشیر......اگر ہا سانہٕ گامُک موقدم بوزی۔سہٕ ہا کڑی نکوار بو،کنی یہٕ عاشقی واشقی۔یئیتہِ نا چلی نہٕ یہٕ۔نیرو پانس۔

بُڈ:۔ پُترا!سے چھُ غلط سمجھان۔یہٕ چھُس پرٛانڈے زمانڈے دا عاشق۔رانجھا۔ہیرا سُند عاشق۔

کائشُر:۔ اچھا اچھا۔سہٕ سہٕ۔ یُس وَنان چھےٚ:یہٕ دُنیا یہٕ

حفِل، ہے مِلو نہ تُم تو ہم گھبرائیں۔ مِلو تو ناں ناں
ناں ناں۔

رانجھا:۔ یہ ڈُنڈِ یا یہ محفِل میرے کام دی نہیں میرے کام دی نہیں

کأشُر:۔ اے خودایا ! گو سہٕ چھُکھ ژرے۔ ژ چھُکھ
پنجابُک......اسِہ تہِ چھِی گُتلی ژرے ہی ۔ مثلاًناٗ گ
راے، مجنون، بوٚمبرُ، ہأرطوطہٕ، نوٗری، احدی کاگُن گلہٕ،
موقدم سُنٛد سُنٛد بشیرٕ، کرٛالہٕ ہُنٛد مومہٕ۔ ماسہٕ ہُنٛد رشیدٕ
گُتلی ہَسا گُتلی۔ پک چاے چےٚ۔

رانجھا:۔ میون دِل چھُس ہیر نیوٗمُت۔ کیا چاے تے کیا بتہٕ۔

بُڈ:۔ پُترا سے ما چھُس خبر۔ یہِ ماگن راج کتے چھُس
پأتھر

کأشُر:۔ پأتھر......اچھّا اچھّا بھانڈٕ پأتھر۔

دوشوٗے:۔ آ آ۔ تُمی سی تُمی سی۔

کأشُر:۔ پأتھر ہَسا چھُ جأری۔

رانجھا:۔ آ آتی وَنٔس کتہِ چھے جأری۔

کأشُر:۔ سہٕ چھےٚ واتھورٕ ۔یہِ گو بوگام۔ یور کوٚت اٗو؟ توہیٚ نیرٕو
ہوٚ کیا ہُپأری ہُپأری ۔بُتھِ پھیری زیوٗ دٕچھنی ۔پتہٕ پیہِ چھُو
کول۔ تتی چھِو بھانڈٕ پأتھر کران۔

بُڈ:۔ پُتر اب تینوں اجر دے۔چل پُتر اچل......

Both bording on Reda and leaving to Wathora.Camera will fallow.Two or three cuts on road with a song back groundr

جھٹ کڈِیاں تے ڈررے مارا کہ مُنڈے اُتے ڈنگ رکھدیں

مینوں تیرا شباب لے ڈوبا رنگ گورا گُلاب لے ڈوبا

اوہیرِیے اور سونڈِیے..........چند میرِیے

CUT

# SCENE NO. 2

Pather is on. Traditionaly everyone is dancing and Surnai is on .

راجہِ :۔ ہندو پڑھے رام رام، مُسلمان پڑھے کلِمہ ۔

مسخر ا:۔ ہے ما گنا! اُسی بھانڈ چھِ پتہٕ وتے پأتھر کران آمتی ۔ کمن کمن راجن لوگ پأتھر ۔ ودنس کھائی ۔

مسخر۲:۔ سون مُدعا تہٕ مقصد چھُ لوکن ہنز دِل بہلائی ۔

راجہِ :۔ آفرین۔

مسخر ا:۔ مگر اُسی پتہٕ وتے دعأے خأر تہٕ منگان ۔

مسخر۲:۔ سبٹھاہ مشہور سونُے بھانڈ دعأے خأر ۔ خودایا کرتہٕ خلقس مُلکس خأر ۔

مسخر ا:۔ تو ہِ تہِ خأر تہٕ اسہِ تہِ خأر ۔ لألہِ تہِ خأر، مجنونس تہِ ۔ ہی مالہِ تہِ خأر، نأ گ رالیس تہِ ۔ شیرینہِ تہِ خأر، فرہادس تہِ

گرِ پٹھ ِکس تہٕ خأرتہٕ ......

مسخر۲:- داجہِ خور مہرازس نہٕ کینٛہہ ۔ تِکیٛا زِ أسی چھِ کورِ مألی ۔

پنڈِت:- آے تہٕ بتہٕ ۔

دوشوٕے:- چأنی بتن تہِ تُل توس ، صِرف بتہٕ ......

پنڈِت:- مولہ ! بتہٕ ستی چھے وتہٕ ۔ بڑ وٚنٛڈٕھ تہٕ پتہٕ ۔

راجہِ:- مرحبا مرحبا ۔

مسخر ا:- ہے سانہِ پأتھرِ کہِ ماگنا ! کتھ مَسا ڈال ۔منگ سا دعأے خأر ۔

سأری:- آ آ ۔ بھانٛڈٕ دعأے خأر چھُ پأتھرُک روح ۔

راجہِ:- ضرور ضرور ۔

ہے لُوکو ! أسی چھِ گونہگار پأتھرِ گری ۔ توٚہی چھوٕ خوداین رِتی
گری مِتی ۔ توٚہی کٔرِو آمین ۔ بہٕ منگہٕ دُعا ۔
یااللہ خلقس تہٕ مُلکس خأر ۔ بڈِس زِراعتس بڈٕ برکت ۔
کورِ مالین ستر تہٕ پرٕد ۔ گوٗبرٕ مالین تہِ ستر تہٕ پرٕد
کڈ ربوٗ دادیو نشہِ نجات ۔ بیمارن شفا
بے کارن سوزرُت کار
(اتھ دوران چھِ سأری آمین کران)

مسخر ا:- ییٚہِ کرتہٕ یمن نچلی مچن رُت ہدایت ۔

مسخر۲:۔ اوٚ وَرلوڈ بسن کرتہٕ ژٕبل ۔ رُشوٕ خورن ٹُل تہٕ دبل ۔

مسخر:۔ باقی سارِنے یأری ۔ تِکیازِ......

سأری:۔ پأ تھر چھُ جأری۔

Once again SURNAI is on.Panjabi old man and ranja enters .

بُڈ:۔ ہے ماگُنڈا ہے ماگُنڈا (راجس تھپ کران)

چون پأتھر چھُ جأری ۔ مگر سون تأریخ کیوں نا بُلایاں ۔

أسی تو رنال آئے ۔ تھکے او پنجاب توں آئے......

مسخر ا:۔ ہے بُڈٕ چاچا توٚہی کم چھِوٕ ؟ کیازِ چھِو ؟ اور کِتِکی چھِوٕ ؟

رانجھا:۔ ہلُوٚ یارا!! مےٚ زأنِو نا۔ بوٚ چھُس رانجھا...... پنجاب دا ہیرو۔

دوٚشوٚے مسخر:۔ او......ہیرو ؟ پنجاب دارانجھا۔ (نالہٕ موٚت کران)

توٚہی کرآمتی ؟ کیازِ آمتی ؟

رانجھا:۔ اَسہِ بوٗز توٚہِ چھُ عاشق پأتھر لوٚگمُت ۔ أسی تہٕ آئے دَوان تے ووران۔

مسخر۲:۔ ووران نہٕ دوران۔

بُڈ:۔ آ تی وُنُس تی۔

راجہِ:۔ مسلہٕ کیا چھُ؟

بُڈ:۔ مسلا چھُ اِنسانٔڈ دی خودغرضی دا۔

پنڈِت:۔ سِیٹھ دوٗ نسا مولہ کاشُری پاٹھی۔

بُڈ:۔ اسی ماں بولی پنجابی۔ کاشُر چھے کم کم بولان۔ اُسی چھے خود غرض اِنسانڈ وستاوہش۔

رانجھا:۔ میٛون دِل چھے لول کہو دُشمنو چھلنی کرہش۔

بُڈ:۔ ظالم اِنسانڈ وکو رمیٛون مُنڈ اپاگل تے دیوانڈا۔ (وودان) ہپر نِش کوٗ رُس جُدائی۔

مسخرا:۔ وجہ کیا گو؟ داج، واز وان، زمین رِکنہ نقدس گو پھیرِ فرق۔

رانجھا:۔ اسی چھس نایم فِتنے۔

بُڈ:۔ وُنُس نا اِنسانڈ دی خودغرضی اساں مارگی۔ (وودان)

راجہ:۔ بُڈ چاچا ودنہ ورا ے ون ژ صاف صاف۔

بُڈ:۔ اے اِنصاف کرنڈ آلی ماگُنڈا! بوس وارِ بوس۔

مے کیا سے آسی گاڈہ جاڑچ نوٗ رسے لوٗ گیا نار اِنسانڈو

کری اِنسانیٔ بدڈام ہتے بے عار اِنسانڈو

تھاوی نے قدرتن پننن خزانن ٹھان مُژرا وِتھ

ژ ے اوسُے بائگرا وِتھ کھیٛون بنیو کھ شہمار اِنسانو

پنڈِت:۔ مولہ مَسا دِبارو۔ یتھ گو کل جُگ، آخر زمانہ۔

۔۔۔ ماکس تہ گوٗ برس گوٗ وا...چھُن بچہ پھیوٗرہ۔۔

مسخرا:۔ نچو دپان مول ہے مرِ ہے بہ ریٹہ ہا اُہشز کرسی۔

رانجھا:۔ نہ چھوٗمے کُرسی سانڈان تے نارو پے۔مےٚ گژھی پِٹُن ہیر......

میری جِنٛد ہیر......

مسخر ۲:۔ ہے ما گنا! ییمِس کیا چھُکھ ونان؟

راجہِ ماگُن:۔ ونہِ ہاتہٕ ون چھُ دورِ۔

مسخر ۱:۔ مطلب ؟

راجہِ ماگُن:۔ اے میانہِ پأتھرٕ کیٛو رکردارو! تو وِچھےٚ خبر کہِ اسہِ چھُ وخ مینتھ ۔أمِس پردیسی سُنٛد داستانِ غم کپأرِ بوزٕو۔وخ کتہِ چھُ۔

بُڈ:۔ سون باری آوتے وخ کیوں موٗکل گیا ؟

پنٛڈِت:۔ مولہ یہِ ون ساژٕ دِلہِ والین ۔ژے دِل نکھے چھے۔اسہِ تام چھُ پأتھر کرُن۔حُکم گوٚتمن تام۔

دَے پھٕلرأوِی نکھ،اسہِ لگہِ فنکارن دِتھ پٕتُن کار۔

رانجھا:۔ (ودان) تیٚلہِ یہِ نامِیُون ہیر۔تیٚلہِ گوٚ وامیُون یوت سفر یوں ہی۔ہے مےٚ کیا بنی۔بہ کوٚت گژھس۔بہ مارٕ پان پیٚتی پأتھر مژٕ۔

دوشوٚے مسخر:۔ أسی کرو چانہِ بدلہِ زارٕ پارٕ تمن یمن تام یہِ پأتھر جأری تھاوُن چھُ۔ژٕ مہ وَد۔

بُڈّ تہٕ رانجھا:۔ جاتینوں ربّ راکھے۔

مسخر:۔ اچھا یہِ وَنتم توٚہۍ کپارٕ اُو؟

بُڈ:۔ بانہال دے رستے۔

مسخر ا:۔ او......سڑک ماہوڈ کران۔

بُڈ:۔ کیاہ ہوڈ ؟

مسخر۲:۔ ہَتا یارٕ اسہِ ہاپھِٕ یہٕ قومی شہہ رگ وندس ودنس کھالان......

مسخر ا:۔ روپیہِ ہُند چیز چھِ دٕہن واتناوان۔

مسخر۲:۔ پتہٕ ماوونی اُسی پرٕ اُنی پاٹھی پانہٕ کینہہ کران۔

پنڈِت:۔ اہن سا مولہ کو کرتہِ اورے، مازتہِ اورے، الہٕ وانگن تہٕ اورے، ہا کہٕ مونجہِ تام چھےاورے یوان۔ تہٕ ہَسا زانہ سُہ یُس تورگو۔

دوشوے مسخر:۔ (ودان)Weeping

ہالگیو تہٕ لگیو سانہِ خودایو۔

راجہٕ:۔ توہِ کیا ساگوٚوابنڈس ؟

دوشوے مسخر:۔ اسہِ پیٚو یادسہٕ دوہ ییلہِ اُسی پاٹھ کرنہِ دِلہٕ درٛاے تہٕ وتہ گےٚ بند۔اتی وٚون اتھ قومی سڑکہِ مُقامِ لاَرِی۔

Cut to National High Way.

# سین نمبر......۳

## SCENE NO:....3

**Three clowns singing a song on road side**

مسخر:۔ أسی چأنٔی بجرن گاأٹی، سوٗنڈرِ ماأٹی بأ لیے
قُلی صاأبس بیلاناأٹی، ییٚزارس ژٔری أمی کھاأٹی
تنگ ژٔے أنٔی تھکھ بیکن وأٹی، سوٗندرماأٹی بأ لیے
چأنٔی روشٔنَن کاأڑی ڈأٹی، خوش سبٹھاہ گٔے وانہٕ وأٹی
خریدارَن چنٛڈِ گٔے خاأٹی، سوٗنڈرماأٹی بأ لیے

**Back to scene no 2**

**Pather is on**

راجہِ:۔ میٛانہِ پأتھرُ کبو، کردارَو! اَسہِ چھُ یہِ رانجھادوٗ رِپیٹھ مہمان آمُت۔
مسخر ا:۔ سون فرض چھُ أسی ژھارون أمٕژ ہیرٕ، یُتھ دِل بلن۔
مسخر ۲:۔ دِل پھولن تہٕ دأدی بلن۔
راجہِ:۔ ہے مسخرا! نومَن پرٛژھبن ہُنٛد دِل گٔرِ وخوش۔
مسخر ا:۔ ضروٗر ضروٗر یے چھُ سون فرض۔ بوٗزی تو جِناب علمدار فورماوان۔
تیٚمی ہیوٚت تٔہنٛدِ برتَل زاگُن
تَس پٕنٛنی شربت پائے چاوے

چھس بیوٚن بیوٚن پاُتھر تہٕ کُنے ماگُن
یَس سُہ ٹوٗٹھِ تہٕ سے اَدِ پزٕ اوے

مسخرا:۔ یتھ پاُتھرَس لولاہ برو
پاُتھر کرو پاُتھر کرو
ہُندر یمتَن مِسکین دِلن
ذاتس منگو حل مُشکلن
کیٚنژھا سرو کیٚنژھا پرو

ساُری:۔ پاُتھر کرو پاُتھر کرو

مسخر:۔ توہہِ ستی اَسہِ حق رِشتہٕ پزٕ ون
منظوٗر گری تو یہ لول سون
آئینٛدِ تہٕ اُسی خزمت کرو
پاُتھر کرو پاُتھر کرو

ماگُن:۔ تکیاز

سون پاُتھر ہَساوُنہِ چھُ جاُرِ یے تہٕ میرِ یے گُنگانہٕ وا
(دو یہِ لٹہِ)

**SURNAI VAAD**

**Every one dancing**

**Statement of present of the theatre group the real MAGUN**

***Gulam Ali Majboor***

**End of the Episode**



ییمۍ ہیوٚت تٔہند بٔرتل زاگُن تَس پٮ۪نہٕ شربت پانہٕ چاوے
چھِس بیوٚن بیوٚن پأتھٕر تہٕ گُنے ماگُن یَس سُہ ٹوٹھہٕ اَدٕ سے پڑاوے

شُنڈر بشی

DARZE PATHER

DESIGNED BY
Hussain Printing Point Wathora # 9596076141